کتاب : باوٕر (فسانہ)

ترجمہٕ تہٕ ترتیب : قاضی ہلال دلنوی M. 9906480442

صفہ : ۱۱۲

چھپن وری : 2018

کمپوزنگ : شاہین کمپیوٹرس سوپور

مول : زٕ ہتھ روپیہ (Rs.200/=)

کتاب میلنگ پتہٕ

۱۔ قاضی ہلال دلنوی۔ دلنہ بارہمولہ

۲۔ کتاب گھر ریذیڈنسی روڑ۔ سری نگر کشمیر

پبلشر

قاضی منظور پبلی کیشنز۔ دلنہ کشمیر

# فہرست

نکھہٕ ووت　　　　اردو۔ جیلانی بانو

تمہٕ اُسی ساٲری گِندان گِندان سائنس لانس منز آمتیٚ۔ یمہٕ شُری زانہکھ بہٕ۔ تکیازِ یمہٕ اُسی سائنس بونگلس نکھے ماٲدانس منز لوکچن لوکچن ژھیٚپہِ تہٕ ٹُر پالہ کھنجن ہنزن پہرٮ۪ن منز روزان۔ ساٲری نیٚتھہٕ ننی کرٕہنہٕ ژِنہِ مونگر، لڑایہ گرِی، مکری شُری۔

بہٕ ییلہِ تہٕ پننہِ دارِکنی کلہ کڈٕ ہا۔ یمہٕ اُسی پانہٕ وٲنی بدلے آیہ ژُوان آسان اَدِ رژھاگئے یہِ تہٕ اکھ اکس ستیٚ ژُون وٲلی یہٕے شُری اُسی جونپھُر گُرِتھ یکہٕ وٹہٕ ژھوٹہٕ ڈیرٕ و منزٕ کیلہٕ دیٚل ژٲرِی ژٲری کھیٚوان آسان۔ یمَن پہرٮ۪ن منز اوس پرٕتھ دوہہٕ کانہہ نتہٕ کانہہ مران۔ سہٕ تہِ تمی وِزِ ییلہِ اُسی صُبحٕ برٕیک فاسٹ کران اُسی۔ ہنگہٕ منگہٕ اوس یمو پہر بو منزٕ وُدٕن رِوُن کنَن گژھان۔ ممّی اُس اسہِ کنُت پلیٹن منزٕ سلائیس تہٕ نائیف تھاوِتھ داٲر بند کران۔

"اُنہہ۔ ازموُد کھ بیٚیہ گُستام شُر۔ یمَن تاوَن زَدن چھنہٕ گوڈٕ شُری زیوِ راونہٕ ورٲے کانہہ کارٕاہ رودمُت۔ بہٕ کھیٚمہٕ نہٕ کیٚنہہ۔ مےٚ چھ آوِلُن پھیران"۔

ڈیڈی لۄگ ونَنہٕ "یوٚ تام نہٕ یِمہٕ پھِریتہٕ وۄتھن ۔ یِہو ے کلہٕ دود روزٕ"۔ سُہ اوس کانٛہہ سٍتۍ بوٲیل کوٚرمُت ڈھول تُلان ونان۔ "یِمہٕ نٕے بدبختن ہندِ سٍتۍ چھ رنگہٕ رنگہٕ بیٚمارِ ووتلان۔"

"ڈیڈی! یِمہٕ کیٛازِ نہٕ پننہٕ نٔیِن شُریَن ڈاکٹرس نِش نوان"۔ بہ اوسُس ڈیڈی لیس پرٛژھان۔ "یِمن بدبختن چھ شاید لرٛژھ منٛز ڈٕلنۍ دِنٕس ہٲلِے آسان"۔ ڈیڈی سندِ بدلہٕ دُیت ممّی وٕلی وٕلی جواب "یِمن زنانن چھ ہُنی بوکتن ہندی پاٹھی شُری زیوٚان۔ اِدٕ زٕ ژور ہے مرنکھ تہٕ یِمن کوسہٕ گمی گرِژھہ"۔

دِیڈی اَس ونان زمّی کھیٚپہِ واریاہ دوٲہ۔ اماٚ آونہٕ کانٛہہ بویاہ بیٚنیاہ۔ اَوے چھ ممّی لۄکہٕ ہندی واریاہ شُری وُچھتھٕ ژکھ ہِش کھسان۔

ممّی کریِیہِ واریاہ جُستہٕ خاطرٕ زِ امہِ مأدانہٕ منٛز گرِژھہ یِمہٕ پھِرِ ووتھنہِ اماسون مکان بنُنہٕ پتہٕ أسی یَتھ نِو کالونی منزواریاہ مکان بنان۔ امہِ کنٛی أسی لوکن مُزوربکار۔ تہٕ یِمہٕ أسی پیٚوان برداش کرٕنی۔

شامس بیٚلہِ ڈیڈی مے پننہٕ کارِ منٛز سکولہٕ پیٹھٕ آنان اوس۔ یِمہٕ سأری شُری أسی ژرِ پوٚپ گری گری سانہِ کارِ پتہٕ پتہٕ دوان تہٕ کُنٕے جوٚش

تُلان ''چھوٹے راجہ آ گے۔ چھوٹے راجا آ گے''۔

یمن شرٛین ہُند مےٚ ''چھوٹے راجہ'' وَنس پیٹھ اُس نہٕ میاٗنی ممّی کُنہِ وِزِ ان زنتہٕ اوٚسس بہٕ بڑی پاٹھی راجہ زادٕ۔ ڈیڈی ییَن اوس پنُن یہِ دُپور مکانہٕ یمہٕ نےٕ بانگرٛین اتھہِ بناوِنو وٚمت۔ توَے اُسی یمہٕ تمس ''راجہ'' ونان۔ اِدٕ بہٕ گیوس چھوٹے راجہ۔ ممّی اُس ونان یہ گوجانےٕ زِ یمہٕ لُوکھ چھ چائٚس ڈیڈی یَس راجہ ونان۔ نِوِ کالونی ہندی بسن وأٚلی وَنس پانے راجہِ تہٕ لُوکن منز روزِ تھز۔

ممّی اُس مےٚ باند باند کران زِ ینہٕ یمن مکرٛن شرٛن ستےٚ گندان آسکھ خدائٕ چھُن اہنزٕ بیٚمارِ لگنے۔ تُمہِ اُسی میانہِ گندنہٕ باپتھ واریاہ گنٛدن تماشہٕ اُنی متی۔ اما بہٕ کمِس ستےٚ گندٕ ہا یمن کھلونن۔ گرس منز ما اوس کانٛہہ دویم شُراہ۔ وَتھ اُس ربہٕ ستےٚ لِتھ ناوِتھ۔ بانگرٛی شُر اُسی ربہِ ہندی نکی نکی کوٹھ بناوانے یاٹرکہِ والیٚن پتہ دوران تہٕ پھوتی تُلان۔

شرٛین ہُند یہِ گندُن دزٛ وکُن وُچھتھ کس لگہِ ہے اندرٕ کنہِ دل۔ بہ تہِ اوٚسس پنٛنی کھلونہٕ اورٕ یور چھکراٗوِتھ یمہ نےٕ ستےٚ گندنہِ واتان۔ ''ایس کیچڑ کو ہاتھ ناں لگا یہ ماری ہے (ینہٕ ییٚتھ ربہٕ اتھ لاگکھ یہِ چھے

میٲنی ) یہِ لو ءکٹ بانگری کوریادِی اُس مے وَنان۔

یہِ اوسُس کنُتھ تام ہُو گرِھتھ مأدانس منز چھکر نہٕ آمتی رنگہٕ رنگہٕ کنہِ پھلی سوتبران۔ یادی اُس یمہٕ کنہِ پھلی تہِ مے اتھ مُہتھ نِوان تہٕ وَنان "تان کین مارے میدان سے کنکر اٹھات ہو (ژ کیازِ چھکھ سانہِ مأدانہٕ منزٕ کنہِ پھلی ٹلان) پتہٕ اُسم وَنان گرِھ پنِنس بونگلس منزٕ۔ سأنس مأدانَس کُن گرِھنہٕ یُن"۔ مےٚ اُس یہِ بوزِتھ وأنج دزان۔

پتہٕ لُج سوا کہِ دوہہٕ مےٚ وننہ "او بونگلا مارا ہے (ہُہ بونگلہٕ چھ سون) "کُس اکھ؟" مےٚ پرُژھمس ہےَ وُلاہ گرِھتھ۔

"ہُہ کیاہ یَتھ یہِ ووزٕج جائی چھےٚ۔ یہ چھ میٲنی مأکی تہٕ ماجہ بنوومُت" "ہےَ ژٕ مےٚ چھکھ باورِ گأمژ یہ ہے چھ سون" مےٚ آو اسُن۔

یہ اُس سأنی سے بونگلس پنُن وَنان۔

مےٚ گو پھرٕ ٹہٕ دم ہُو تہٕ لٹھی کج لوٚٹھ دارِتھ دِتھ گوس دَوان دَوان ممّی نِش۔

"ممّی ممّی۔ ہو بانگری کوریادِی ہے سأنس بونگلس وَنان یہ چھ اسہ پنُن"

"ہتا۔ وننہٕ دِس" یہ وَنان وَنان روزِممی ڈریسنِگ ٹیبلس پتھ آرامہٕ سان

نیل پالش کران۔

"ممّی۔ ہرگاہ سو گُنہِ دوہہِ سائنس بوٗنگلس منز آیہ تہٕ اسی کیاہ کرو"۔

"یورِپیہ بلایہِ۔ بہٕ کڈن پاز ارِ دِوان نیبر"

"اوں۔ ہوں۔ یہِ کورِ ہن اُتھ مے اکہِ دوہہ ریژھ ٹلنہِ۔ سو اُتھ مے نرِ تھپھ کرِتھ یہ دپِ زِ تہٕ کھکھرِ بننہِ۔ "ولہٕ اسی پڑ ژھوٹھیکہ دَرصابس زِ یہ بوٗنگلہٕ کمی بنوو"۔ امابہٕ گوس نہٕ۔ تِکیازِ یہ اوس پزی پاٹھی تمہ وِ ے بنوومُت۔ تمہٕ اَسی تاپہ کرٕ این منز دوہی دوہَس کام کران تہٕ رُودِ شرٕ انیٚن منز زُوژ ٹان۔

گرٕژے تام دوہ گے زِیمن پھرین منز روزن وألی مزوٗر اَسی ریٚن ہندی پاٹھی سائنس بوٗنگلس کام کرنہٕ باپتھ ولنہٕ یوان۔ اِدِ وُچھان وُچھان گویہِ مکان تھدان۔ زَنتہٕ اوس یِمو مزوٗرَو یکہٕ وٹہٕ سِمتھ زمینہِ تلہٕ کھولمُت۔ شامس اَسی سأری مزوٗر کامہِ پتہٕ نَلکس تل اتھ بُتھ چھلُن ہیوان۔ تہٕ یادی ہنز موج اُس میأنس ڈیڈی یَس برٕ وَنہہ کنہِ اِستاد گرژھان تہٕ اسان اَسان خوشامدی کرِتھ تمس اکھ زِ روپیہٕ ییٚتھ ژلان۔ سو اُس کالہٕ بوٗنبر ہش اماباڑ ودار تہٕ وٹھ بوٗتھ۔ یتِ دوہہٕ سلیب

تراوِنٛج کأم چلان اَس۔ یادی ہنٛز موج اَس باقٕے بانٛگری زنانن ستۍ بنٛگالی بأتھ گیٚوان گیٚوان میأنِس ڈیڈی لیس تأریف کران۔ڈیڈی اوس یمہٕ بأتھ بوزِتھ بڈِ بڈِ اسان۔اما مٔمی اوسنہٕ امی سُند یہ ‌ِگیُون رَژھ تہٕ وَیان۔پتہٕ اوس ڈیڈی میانہِ مٔمی سمجاوان زِیہِ زنانہٕ چھ سارٕوے کھوتہٕ جادٕ کأم کران۔توَے چھ یہ اِیڑ اہ اَرتہٕ ڈٔر۔

یادی ہنٛزِ ماجہِ ہنٛزٕ کتھِ کرن وِزِ اوس مٔمی شکھ گڑھان ڈیڈی لیس ما چھُ اَسَس منٛز نابد پھوٚل۔

"کر ژھو یہٕ۔یہِ بےٚ شرِم چھنہٕ کُنہِ کأم کران۔بےٚ منٛدٕ چھ۔ پرٛتھ ساتہٕ ووپرَ مردن ستۍ کِھکِھرِ ماران"، مٔمی اَس سکھ وولیامٕژ۔

یادی ہنٛز موج تہٕ یمہٕ مُزرِنہِ آسہٕ پزٕی پأٹھی بےٚ شرم۔تکیا زِیمہٕ چھنہ سأڑی وَلنس ستۍ زنٛگن کانٛہہ وولُت کران۔خبَر کیا زِ؟ اِدِ کأم تہِ چھ کرانَ کُنہِ پھڑ اوان، سیرِ ٹُلان، ہیرَ وِپٹھی سیمَٹھ باٹہِ تہِ ساران۔امایہِ نہٕ سونٛچانے زِ بلا وِزٕ ورأے ماچھِ بونہٕ کنہِ وودنی نفرن نیٚتھ ننٛبے بوزنہٕ یوان۔

دفترٕ پتہٕ واپس یتھ اوس ڈیڈی مکانہٕ چہ کامہٕ نظرٕ گڑھان تہٕ مٔمی

اُس نکھے ووٕنۍ روزِ تھ ژکھ ہٕز ٕ ے ونان۔

''بلاے یمن لُوکن۔ خبر یمہٕ کیاز یمن بےٚ شرم زنانن مُزورِ آنان''۔ پتہٕ اُس بڑ اندس پیٚٹھ کھسِتھ ڈیڈی لیس آلو کران۔

''تھاوِو، ووں گیہ سبٹھاہ دل بہلاٲیٔ۔ وٕلو ڈارلنگ بہٕ ہاوَوا کھ نوٚوُے چیز اَہ''

اما ڈیڈی اوس زانان زِ یہ چُھ توتمہٕ۔ نوٚو چُھنہ کانٛہہ چیزاہ وُچھن۔

پتہٕ ییلہِ یادی ہنز موج شامس پیشگی مُزورۍ منگنہٕ کہِ ہتہٕ ڈیڈی سٕنز خوشامدی کران اُس۔ سُہ اوس تمس اَکھتے روبہٕ داباہ کرنہٕ پتہٕ زٕ ترے روپیہ دِوان۔ یادی اُس تیتِس کالس ماجہِ پتۍ کنۍ ژھایہِ ہوٚل آشہِ ہنٛز وِنظرو پرٛ اران۔ یتھے ڈیڈی چندٕ منٛز پٔنُن پرٕس کڈان اوس سو اُس گرٕ گُن دَوٕنوان۔ پننس مألس یہ شیٖچھ واتناوان زِ پونسہِ واتن۔

اکہِ دوہ ہہ پییہِ راتھ کُہت سکھ باُرِش۔ مأدانس منٛز ژاوسارِنےٕ پہرٕینٛ آب۔ یادی، تٕمہٕ سنٛدۍ مول موج تہٕ ماباتےٕ سأری مُز ورلگۍ پنٛنۍ پلَو دلوتہٕ سامانہٕ کلن پیٚٹھ ہیٚتھ سأنس گیٹس ٹاس ٹاس کرنہِ۔ ممّی تہٕ ورفِکر یمہ چھ

سأری یُوری چَھپنہٕ آمتۍ ۔ ووں تھاون رأتی راتس وَرنڈا ربہٕ ستۍ لِتھہٕ نأوِتھ ۔ پتہٕ لگہِ صفأیی کرنَس دوہک دوہ ۔ اوَے وون تمہٕ زِ ''دِیُوکھ کرٕ یکہٕ نادکرنہٕ ۔ یتھنہٕ جواب دِیُوکھ ۔ رُودَس گرِٹھ ژھیٚین تہٕ پانے گرِٹھن کُنہٕ اندس کُن دفع''۔

پۆز مے آیہ نہٕ رأتی راتس نِندٕر ۔ بہٕ اوُسس کھوژان یمہٕ گرٕ ژھی کرنہٕ گیٹ پھُٹرٕ اُوِتھ اندر اأژِنی ۔ تکیا زِیادی چَھنا ونان یہ چھُ سون بونگلہٕ ۔

یمہِ دوہہٕ نہٕ اسہِ ڈُوَن واجینٕ یوان چَھ ممّی چھامی سےٕ یادی نادِتھ تمس اتھِ آنگنس ڈُو ناوان، پوشہِ کُلین سَگ دیاوان تہٕ اأندرِ تہِ صفأیی کرناوان ۔

یادی ستۍ چھِ تمی سندی زٕلوکٕٹی بأے تہِ یوان ۔ ترٕینہٕ وے سکھ مکری تہٕ بیچھہِ ۔ تمہٕ چھِ پننہِ پھُچِمٕژ تھالہِ ہیٚتھ گیٹس پیٚٹھ بیہان تہٕ پرٕ اران زِیادی کر موکلاوِ کأم تہٕ اتہٕ آنہِ کالُک ژھوٗٹ کھیٚن ،دال تہٕ بتہٕ ۔

اکہِ دوہہٕ یُس کالُک ژھوٗٹ دال تہٕ بتہٕ ممّی اَمِس دُیت تتھ ستۍ آسہٕ برٕیڈ کھنجہٕ زِتہِ ۔ یمہٕ مےٚ صُبحہٕ لہِ دنٛد وستۍ ژٕٹتھ ممّی ہنٛدِ ہأبتہِ پلیٹس تل ژوٗرِ آسہٕ تھاوِمٕژ

''ممّی یہِ چھے میأنی ژھبٹ برٚیڈ یہ مہ دِامس''۔

سوٗلج پنہٕ نیٚن وُڈھن پیٚٹھ اوٚنگج تھأوِتھ اشارٕ کرنہٕ یِتھ بہ ژھوٗ پہ کرِہا۔ امامےٚ توٚرنہٕ فکرِ ممّی کیا زِ چھ یمہٕ ژھیٚچہ برٚیڈ کھٔنجہٕ امس دوان۔ امہِ پتہٕ لگی یادی ہندی ترٚینوے بأے بارٕنی یہِ ژھوٗٹ کھیٚنہِ۔ بہ اوٗسس یمن نکھے ووٕدنی۔ بہٕ کھوٗژُس یہ کھیٚتھ گژھنہٕ یمن اُلٹی ینی۔

''یادی پنہٕ یہِ برٚیڈ کھیٚکھ یہ چھے ژھبٹ'' مےٚ وون امس۔ ''اِد پتہٕ کیاہ گوٚ'' تمہٕ نچارِ وون یہِ ژھوٗٹ کھیٚوان کھیٚوان۔ اتھ اوسنہٕ کانٛہہ مزٕ۔ توتہِ اُس یادی زیٛوٗ ٹاس کڈی کڈی کھیٚوان۔ بہٕ کھوٗتُس بیٚیہِ دیوارس پیٚٹھ یہِ وُچھنہِ زِ یمہِ چھاپزی پأٹھی کھیٚوان۔ مےٚ لُج زنہٕ ہنگہٕ منگہٕ بو چھ۔ دپان اوٗسس بہٕ تہِ رٹہٕ ہا پلیٹس منٛز دال تہٕ بتہٕ پتہٕ کھیمہٕ ہا یمہ نےٚ ستیٚ بیٚہتھ۔ مےٚ پیٚیہ ژھیٚٹ ژوٹ یادتہٕ لوٚگم من پھیرنہِ۔ ممّی کأژاہ وُلٹہٕ چھ۔ یمن لوکٹیٚن شُریٚن چھ ژھوٗٹ کھیٚن دِوان۔ خدا گوٚ ژھنہ امس کانٛہہ سزاہ دُین۔ تہٕ سکول گژھان گژھان اوٗسس وتہِ یہے کتھ سونچان۔ پتہٕ بیٚلہِ اسہِ میڈمہِ وون ''گاندھی جی اوس غریبن ہنٛز خدمت کران''۔ مےٚ پرٛژھ تمس ''میڈم اگر کانٛسہ غریبن پیٚٹھ ژھوٗٹ کھیٚیا وِمہٕ تہِ کیاہ گژھہِ''؟

میڈم ؤ ژھ "یہ چُھ پاپھ۔ بۆڈ گناہ۔ انسان چھا دوہے غریب روزان خبر چھا کُنہٕ دوہہٕ مابنَن تمہ امیر تہٕ پتہٕ کرن امس نکھہٕ ووت"۔ مےٚ أس پُورٕ پرٛژھ زِیادی بچاۓ رھیکہٕ نہٕ زانہہ تہٕ امیر بنتھ۔ شامس دُہت مےٚ ممّی فرِیجہ منزٕ ژُونٹھ کڈِتھ۔

"ممّی۔ ژے کیا زِدِژ تھ یمن شُریٚن یوٚژھسٕٹ برٛ یڈ"؟

"واہی خدایہ میون یہ نیٚچُو کوتاہ اوٗپ چُھ"۔ ممّی وون اَسان اَسان ڈیڈی یَس کُن۔ "راتہٕ پیٚٹھہٕ چھس اتھی کُن گَل"۔

"گاشا! یمن لُوکن چَھ ژھوٚٹ کھینَس ہاٗلےٚ آسان۔ یادی ہنٛز نانی چَھنا بوری کالونی منزٕ بیچھتھ آنان۔ سُہ تہٕ چھ ژھوٚٹےٚ آسان" پتہٕ دِتی ممّی ژُونٹِکی دبل دارِ کنی بۆن دآرِتھ۔

"ولہٕ وُ چھ ووں پانےٚ تماشہ۔ یادی ہندی باٗےٚ بارٕ کھۄن یمہٕ ساٗری دبل پتھرِ پیٚٹھہٕ تُلِتھ۔ گۆ برا! یمن لُوکَن چُھ امُک عادِ تھے آسان۔ یمہ چھ سکھ مکرٕی"۔

بیٚیہ دوہہٕ ییٚلہِ بہٕ سکولہٕ پیٚٹھہٕ آس۔ ممّی أسنہٕ گرِ۔ ڈیڈی ووتھم چانہٕ ممّی ہُند ڈیڈی اوسہٕ ژُنٛ کنی واتہٕ

بُمبیہِ پیٚٹھ اوس فون آمُت۔ اوَے پیٚو چانہِ ممّی جہازٕ کہِ ڈٕ ریہِ تمی ساتہٕ تور گژھُن"۔

ممّی اُسنہٕ اَز تام زانٛہہ مےٚ ورأے کُنہِ دُور جایہ گأمژٕ۔ تمہٕ کٔنژ آو مےٚ سکھ وُدُن۔ تہٕ وَدان وَدان شوٚنگُس۔ مگر ممّی ورأے کتہِ یییہِ ہَم ننٛدٕر۔ اَڈ راتن مُژ راوہٕم اُچھ۔ تہٕ یادی ہنٛز موج وُچھم ممّی ہندِس بڈٕس پیٚٹھ زنگہٕ وَہرأوِتھ۔ سوأس پننہٕ نیٚو دنٛدَ وستہٕ ژُونٛٹھس ژوپ ژوپ کڈِتھ ڈیڈی سندِس أسَس منٛز ترٛ اوان۔

"اچّھا! گواَدِ آیہ یہِ ازسون گرٕ ژھیٚچہٕ ژوچہِ ہُند نکھ ووت کرنہِ"۔ بہ کھوژُس تہٕ تھاوہٕم بییہ پننہِ اُچھ وٕٹِتھ۔

## (۲) لیلَم          اردو۔ انور عنایت اللہ

پرٛ یتھ دوہہٕ ییلہِ بہٕ دفترٕ پیٛٹھٕ واپس گرٕ واتان چھُس۔ تہمینہٕ چھ مےٚ بس اَکُے سوال پھِری پھِری پرٛ ژھان۔

''ابّو۔ لیلم آیا واپس؟''

سو چھَنا واریاہ لوکٕٹ توٗے چھہ نیلم بدلہٕ لیلم ونان۔ عام پأٹھی تہٕ چھُنہٕ تمہِ سندٕ ین سوالن جواب دُن سَہل آسان۔ اما نیلمَس متعلق سوالَس چھُ مےٚ نِش ہَر ہمیشہِ اکوے جواب آسان۔ یمہٕ سٕتی تَس فورنےٚ تسلاہ چھہ یِوان۔ تہٕ سو چھ بیٚیہٕ گِنٛدنَس درٛ وکنس کُن لگان۔ زنہٕ تہٕ چھ سو پننہِ اُمس ویٛسہِ ہنٛدِس یتہِ گرٕ چھنس وارٕ پأٹھی اَنزٕ ی منٛزی گأمژ۔

تنہ گےٚ شےٚ ریٛتھ ییلہ اتھ گتھِ دَس وژھاو۔ بہٕ ووتُس دوہ دُشکٕ پأٹھی دِگرِ پیٚتےٚ گرٕ۔ مےٚ وُچھ شُرین ہندی کتابہٕ جولنہٕ براندس پیٛٹھ۔ کھور بانہٕ اُسی اکہِ انٛدٕ تہٕ موزٕ بیٚیہ اِنٛدٕ۔ ترٛیشہِ بوتل اُس پُتھرِس پیٛٹھ۔ کتابہ تہٕ کاپی کُرسیَن پیٛٹھ چھکرٕ اٰوِتھ۔ یہِ ییرٕ ونی ناوُ چھِتھ کٕڈٕ مےٚ دلن ووٗٹھ تہٕ بہٕ گوس سوٗدٕ ے پننہٕ نِس ریڈنگ روٗمس منٛز۔ تتہِ اُسی ساأری چیز ڈُلن ڈانٛجہِ۔ باسان اوس زِ سانہِ غأرحأضری ہُنٛد چھُ وِژھ وأنجہ فأیدٕ تُلنہٕ

آمُت ۔ میأنی مِسز تہٕ چھنا سرکأری ملأزِم ۔ اَسی چھ دوشوٕے بأژ صُبحس
سُلہِ گرِ نیران تہٕ ژورِ بجہ پتہٕ گرٕ کُن واپس واتان۔ شرِین چھ سانہٕ غأر
حأضری منز دائے وُچھان داچھان ۔ سکول واتناوان تہٕ ساڈِ بہہِ بجہِ سکولہٕ
پیٹھ واپس آنان ۔ تکیا زِ امہِ ورأے چھُنہٕ کانٛہہ چارٕ ۔ اَزأس سوتیالہِ لٔدِ نی
تہِ ملیحہَ تہٕ تہمینہ ہَس ستٕی یور آمٕژ ۔ یمٕک نۆن ثبوت میانہِ کمرِ چ یہ حالت
أس ۔ شُرِین اوسنہٕ ڈرٛ اینگ رُومس منز اَژُنک اجازت تِکیا زِ اتہِ چھ
واریاہ أولی چیز ۔ بیڈ رُومَس لرِ چھ میون ریڈنگ رُوم ۔ ترأ وی تو کتابہ
آسہٕ الماریَن منز بنٛد ۔ مگر میزس پیٹھ چھ ہمیشہ رسالہٕ تہٕ نبرَمیٚن مُلکن
ہنٛدی اخبارڈیرَ وڈیرَ وہفتہٕ وادن روزان تہٕ عام پأٹھی أس یمہٕ نے شہُمتھ
آسان ۔ ییلہِ تہِ موقہٕ ییہِ ہکھ یمہٕ شُری أسی اتھی اَگادِ گرٕ ھان ۔ تکیا زِ
یمن منز آسکھ رنٛگین تصویرَ وعلاوٕ شکلہٕ واجنہِ دلیلہٕ تہِ آسان ۔

نیلمس ورأے أسی نہٕ بأتے زٕ شُری تیُوتاہ رٔ زیلہٕ ۔ ہرگاہ رٔ زِ یلی
کرٕہن تہِ تمہٕ أسی نہٕ یُتھ کانٛہہ نِشاناہ موجود تھاوان ۔

نیلم أس میانہِ لوکچہ کورِ ہنٛز سارِوٕے کھوتہٕ ٹأٹھ ویٚس ۔
بوزُمت اوسُم زِ تمہِ چھ اکیٕ وأنٛسہِ ۔ أمی ژٔ رِشہِ پھیٚچہ اوس مے کینٛژ و

ہفتو پێٹھ کلہٕ دود تُلمُت ۔ یێلہِ تہٕ مے گرس منٛز یژھ ہش افراتفری بوزنہٕ آیہ۔ مے نَنیاوِ زِ ازٕ آ س نیلم ساٖنین شُرین ستیٚ سکولہٕ پێٹھ یور آمژ۔ تہمینہٕ اُس ہمیشہ تمی سنٛز دوستی ہُند تھێکان روزان ''ابّو وُچھ لیلمَن کُٹھ پێن دُہت مے''۔ ''ابّو ازٕ کر مے اکھ رٕزِیل کورِنستہِ زورٕ تھچھ مے آووٚدُن۔ توتہٕ ترٛ اُوس نہٕ تمہِ یَلہٕ۔ لیلم آیہ تہٕ ہوتُن تمس کنس ژوپ۔ پتہٕ لوے امِس بچارسانہِ میڈمہِ''۔ ''ابّو ازٕ دِ مے اکھ روپے۔ بہٕ چیمہٕ لیلمس ستیٚ ''پوکولا'' تمس چھُنا مول دُور کتھ تام جایہ گومُت۔ تہٕ تمسنٛز ممّی چھنہٕ تس پوٚنسہٕ دِوان''۔ تہمینہٕ اُس پزٕ یتھ کُنہِ شرتبس ''پوکولا'' ونان۔

ازٕ اُس کمرِ چ حالت زیادٕے کوٚپاٹھی باسان۔ کالہٕ اوس مے اکھ مضمون ٹاپٕس کھولمُت تہٕ یہِ کاغذ اوسُم ٹائپ رائٹرس منٛزٕ ے تھوومُت۔ میٚانہِ اور نیرنہٕ پتہ اوس ٹائپ رائٹر بێوایہ استعمال گرنہٕ آمُت۔ تہٕ کاغذس پێٹھ اُسی اورٕ یور الفاظ ٹائپ گأمتیٚ۔ مے کوٚرژ کھہِ ہوٚتےٚ آلو۔ رَژھ کھنُڈ گرِ ھتھ آیہ تہمینہٕ تہٕ مے لوٚگ پےٚ زِ یَزی اُسمژٕ چھ نیلم آمژ۔ تہٕ ازٕ اُس یمودایہ ہندِ پتھ رٹنہٕ باوجودتہِ یتھ کمرس منز دمبأ لی لأجمژ۔ تہٕ سوٚ اُس وُنہِ تہِ سانے گرِ۔ اما کھوژنہٕ کنی اُس ساٖنیوٚ شُریوٚ

ژُورِتھاوٕمژ۔

بہٕ گوس تہٕ ووٚنمس ژ کھِ ہوٚتےٚ ''دم لأ۔ گتھ کتھ چھکھ بیٹھمژ۔ گرٕ

کیٛاز چھکنہٕ گژھان؟'' مےٚ دژِ گرِ کُن نظر۔ ساڈٕ ترٚے آسہٕ بجے مژ۔

اورٕ وژھم داے ''کتھ کُنٕ ھض گژِھ گرِ۔ وردی چھس مِیلہِ ستیٚ

لِتھ نأوٕمژ۔ مے ترأوِمس وُنی وُنی چھلِتھ تہٕ سو چھس وُنہِ اَدرٕ ے۔ ماجہ

ھندِ ہابتہٕ چھ پیٚتی بہتھ''

''سو مِیل کتہِ اَنن؟''

سوٕ ژھم ''تہمینہ جی أسِس ٹیبلہٕ کہ دراز منز کڈِتھ دِژمژ''۔ مےٚ

مُژ رووٕلی وٕلی دراز۔ مِیلہِ اَس اَدرٕ کھل گأمژ تہٕ سارِنے چیزن اَس میل

لارے مژ۔ مےٚ کوٚر امی ساتہٕ از یہ گتھ اٹد و اتناوٕنک فأصلہٕ۔ تہٕ

سوٚ دُےٚ گوس شُرین ہندِس کمرس منز۔ مےٚ دِژ تہمینس کریکھ تہٕ پرٚ ژھمس

''کتہِ چھے چأنی یہ لیلم''؟

''ابُو امہِ کوٚر نہٕ کینہہ۔ ٹائیپ رائٹر اوس مےٚ تہٕ ملیچہ باجی

چلووُمت۔ لیلمن اَس ملیچہ باجی ہندِس پینٚس میل برٕمژ تہٕ تمس گیہ وردی

خراب''۔ یہ وِنتھ لُج تہمینہ پننہ ویٚسہِ بچاو کرنہٕ باپتھ زیوٹھ تقریر کرنہِ ''مگر

سو کتہٕ چھ پانہٕ؟'' یہ ووُتھس ہَنا لوتُے۔

''سو چھ چانہِ ہأبتہٕ بانہٕ کُٹھِس منز ژُورِ بیٚہتھ'' لِی ونان وَنان آیہٕ تہمینہٕ مےٚ زنگن ولنہٕ۔ ''ابُّو پینہ لیلمس روب گرکھ''۔

تمس کرن ناگرِ تہٕ بیوأری۔ تمی سُنٛد ابوٚ چھُنا دُور کتھ تام شہرس گومُت۔ تمی سنٛز ممّی تہٕ انکل چھِتس دوٚہے لایان تہٕ بیٚوأری کران۔ ابّو پِنہٕ ژِہأبتھ کرِہس''۔

تمی سندِس مألی سنٛدِ کُنہِ دُور شہرس گژھنہٕ کتھ کیٛازِ أس گرِ گرِ ووتھان؟ یہِ کوسہٕ چھ؟ کمہِ گرِچ چھ؟ تہٕ کرِ ژھ چھ؟ یہ سونٛچان سونٛچان گیہِ مےٚ ژَکھ ہَنا کم تہٕ مےٚ ہوٚتن شک ہُوٚگُن۔ یہٕ گوس ژھوپہٕ کرِتھ بانہٕ کُٹھِس کُن۔ اتھ اوس درواز بنٛد۔ یُتھے اَتھ لوٚتُے دکہٕ دِتُم یہ گوٚیہٕ۔ مےٚ آیہ انہِ گُٹِس منز ژھاے ہِش بوزنہٕ۔ اکھ لوکٹ کاٹھہٕ کرٚ ژٕ کورِ ہنا اِکس انٛدس کُن اوٚٹ موٚٹ کرِتھ بیٚہتھ۔ یُتھُے اِمس درواز ُک گاش ہُوٚ پیٚوسوٚنٛج کھوژی مےٚ عارٕ برٔژوأ چھووُ چھنہِ۔ اِمس پھیر بُتھِس لیٚدرِ ژھٔتھ۔ أچھ ہیٚرِ ژنس زوتنہٕ۔ یہ أس سکھ ترٚ ہریٛا مژ۔

''نیلم'' مےٚ کوٚر اِمس روب۔ اما اتھ منز اوسنہٕ تیوتاہ زور۔

"نیلم۔ ولہٕ سائیورٕ" آوازِ منزٕ اُس زیادٕے نرمی۔

سوٗ ژھ ژھوپہٕ کرِتھ۔ وارٕ وارٕ آیہٕ کمرٕ منزٕ نیرتھ گاشس کُن تہٕ مےٗ باسیایہٕ یہِ موصوم تہٕ رٕژ کورِ ہنا۔ ساڈ ژورورٕی ہُر یمانہٕ آسِہانہٕ امایہِ اُس تہمینہٕ نہِ نِشہ واریاہ کمزور باسان۔ رنہٕ مازٕ روستےٕ بُتھِ ہنالیٚد ریمرٕ تہٕ اٗچھن انڈی انڈی کرٕ ہنیار پھیوز مُت۔ بہٕ پوٚکس ئلی برٕ ونہہ کُن تہٕ تمِس باسیاو یہِ مالایم۔ مےٗ وُچھ امی سندِس نالی بِلاوزس اوس ملہٕ ستیٚ لِبُتھ گومُت۔ زنتہٕ اوسنہٕ ہفتہ وادَو پیٚٹھ تہِ چھوٚلمُت۔ امایہ کورِ ہن کوسہٕ چھ؟ بہٕ زانٕہایتے زِ نیلم اُس ہاوسنگ کالونی ہندس اکس شاندار مکانس منزٕ روزان۔ شاید چھ امی سُنٛد مول کتھ تام بڑِس کمرشل ادارس منز ملاٗزِم۔ توے چُھ اکثر دورِ دراز جاین دَورس پیٚٹھ آسان۔ یہ اوس مےٗ شُریٚن ہنزٕ وَکتھو تلہٕ فکرِ تران۔ امی ہنزِ ماجہ ہُنٛد اوسم بوزمُت زِ سو چھ اَلٹرا ماڈٕرن۔ سو چھ پانےٗ کار چلاوان۔ دپان اکہِ دوہہِ اُس نیلمس گرٕ آننہٕ باپتھ سکول تہِ آمرٕ تہٕ سانیوٚ شُریوٚ اُس پانہٕ وُچھمرٕ۔

تیٚلہِ کیازٕ چھ یہِ موصوم کورِہن ییرٕ اہ پرٕ ژھینٛز۔ یہ اُس نہٕ وُنی کیٚن سو نیلم یمہِ مےٗ پتمیوٚ اُٹھو دہو ریٚتو پیٚٹھ کلہٕ دوداوس تلمُت۔ یہِ اُس

سوساڈ ژُورِش ژھرٕ ٹہٕ لدِ نی یمہِ نہٕ گرس منٛز کانٛہہ چیز ڈٔنجہِ اوس تھوومُت۔ امہِ دوہہٕ دِژٕ مےٚ امس معأفی۔ دایہِ اتھِ چھلہٕ نأوی مس سأری پلو۔ وردی کرِنأومس اِستری۔ سرّ ان دیّان کرِتھ واتنأوم پننہِ کارِ منٛز گرٕ۔ بہٕ آس واپس تہٕ مسِز أسم پرٕ اران۔ ملیحہ تہٕ تہمینہ تہِ آسہٕ میٚرٕ ستی۔ تُتھے کاررٕ کیپہ تمہٕ وژھہ ؤلی ؤلی تہٕ ژایہِ خوش گرِ ھتھ انٛدر۔ وون آسہٕ دوشوَے پننہِ ممّی اور گرِ ھیچ دلیل ونان۔

سوٗ ژھکھ کلِس ڈول لأگتھ "کوٗت آسو گأمژٕ؟"

"نیلم ترٔ آو گرِ واتنأوِتھ" مےٚ وونمس ہنا کھوژی زنتہٕ أسہِ کیا ہتام غلطی کرٕمژٕ۔

"گوتو ہی آو اہی سندِس گبہِ بُتھی زالس منٛز"۔ سوٗلج مےٚ چایہِ کپ پلناوان وننہِ۔ تمی سندین وُٹھن پیٹھ اوس معنہِ بوٚرت اُسن ہُو۔

"دلیل؟" مےٚ وون تمس سنجیدگی سان۔

"مطلب چھہٕ صاف۔ بہ تہٕ میانہِ کورِ چھٕ تمی سنٛزِ مایہ ہیٚنہٕ آمژٕ۔ خدایس کُن شُکر توہہِ تہٕ توٚ رامبک اثر"۔ سوٗ ژھم ؤلی ؤلی۔

تمی سُند وُنُن اوس پوٚزٕ۔ مےٚ اوس سوٗرٕے شرارتھ ووٚتھمت۔

امی دوہہ شامس ووننم خاندانہٕ ۔ بچاۆر نیلم چھ سیٹھاہ بدقسمت سو چھ ترٛؠ وٕرِش اٚسمٕژ زِمول چھس کتھ تام غائیلَس منز مارٕ گومُت ۔ موج اٚسٕس لوکٹ جوان تمہِ کوٚر پننس درٛی یِس ستؠ دوییم نِکاح ۔ اماسہ چھ سکھ کوٚہنہٕ ۔ گوڈنکِس خاوندٕ سٕنز چھس یہے اکھ کورِ ہن ۔ دوٚیمہِ کھاندرٕ پتہٕ چھس بیٚیہٕ زٕ شُری ۔ توَے چھنہٕ نیلمس گرس منز کانٛہہ پرُسان ۔ گرِ چھکھ داے تہٕ سو تہٕ تمہٕ نےٚ دون شُرییٚن ہنٛدِ باپتھ ۔

''نیلم چھ گُنز زٕنی بسہِ منز سکول گژھان یِوان ۔ یہِ چھے امہِ گرُک حال'' ۔ یہِ بوزِتھ ژینہِ مےٚ وارِیاہ کتھہٕ ۔ اکھ ترٕٛٹھ شُری ہَن یوسہٕ اتھ لوکچہِ وٲنٛسہِ منز مألِس ماجہِ ہنٛدِ لولہٕ ، مایہ تہٕ پزٕنہٕ پأٹھی نظر گُذرتھاونہٕ نشہِ محروم گأمٕژ آسہِ ۔ ماجہِ ہنٛدی دسی پننس ارامس تہٕ خودغرضی بلایہِ دِنہٕ آمٕژ آسہِ ۔ یوسہ پننہٕ نین ہَم سِن شُرین نِش ژھینہٕ گرِ ھتھ پلان آسہِ یتھ شُر کتہِ کٕڈِ واش ۔

واہئ بچاۆر موصوم نیلم ۔

مےٚ کوٚر پوٚختہٕ اِرادِ زِ ووٚن آسہٕ امس بچی پننہٕ نیٚن شرییٚن ہنٛزِ گرٛ ژٕنز وُچھان ۔ تہٕ اٚمی سٕنز شُری گی کرٕڈ ٹیکہ مُژرِتھ برداش ۔ تِکیاز سو چھ پرٕ

ژھینی۔

دسمبرٕ ن ریتھ ووت تہٕ بہٕ آس دفتری ہوٕد ہرٕ ین منٛز تتھٕ کنۍ آورنہٕ زٕ بہٕ ہوٚکس نہٕ نیلمس بُتھ تہِ وُچھتھ۔

اکہِ دوہہٕ ییٚلہِ شام وقتہٕ تھکِتھ ژھیٚنِتھ گرٕ ووتُس مسِز وٕژھم "نیلمَس چُھ نمونیہ گومُت۔ تمس چھ زٕ دوہ بیہوشی منز گامتی۔ بہٕ آٔسس آٔدی تمس خبر گاٚمژ"۔

"علاج کُہنٛد پُچھس"؟

"وُنبس تام اوٚسس تہٕ کانٛسہِ ہُنٛد۔ میٚژ سوز ڈاکٹر زاہِد تور"۔

"اِدموج کتہٕ چھُس؟" مے پرٕژھمَس۔

"سو چھ خاندارس تہٕ شُریٚن ستی کوہ مری سائلس گاٚمژ"۔ تمہِ سنٛزِ اتھ کتھِ منز اوس ٹانہٕ ہُوٚ باسان۔ نیلمس ستی چھ گرِداے تہٕ بیٚیہ اکھ بُڑ ماس"۔ وُنہِ آٔسی آٔسی کتھ کرانۍ زِ زاہدن کوٚر فون۔ مےٚ کُر پانے تمِس ستی کتھ پزی پاٹھی آٔس نیلم سکھ بیٚمار۔ تمس اوس فوری آکسیجن لاگُن۔ اما ڈاکٹر زاہدن اوس سرکاٚری ہسپتالس منز امٹِک بوٚ ند بَس کوٚرمُت۔ سُہ اوس یژھان آٔسی گژھن سوجل جل ہسپتال واتناوٕنی۔ یہِ

بوزِتھ گیہِ میأنی مسز خبر کمن غوطن۔ اماٚے بدلاوی ؤلی ؤلی پلٚو کار کڈم تہٕ
اُسی وأتی سوٚ دُہے نیلم سُنٛد گرٕ۔ تہٕ سو واتناوأمی دمہٕ ہسپتال۔

نیلَم روز ہفتس کھنڈس ہسپتالس منٛز۔ پتہٕ آنی سواسہِ پنُن گرٕ۔
یتہِ روز سو دہن دوہن۔ یمن دہن دوہن منٛز توٚرمٕے گوڈنِکہِ لٹہِ فکرِ زِ
مأرِلس ماجہ ہنٛدِ خانہٕ ماجرِ روس یہ موصوم کورٕ کرٛاہ اُس لولہٕ تہٕ مایہِ بوٚچھ۔
ووٚں اُس سو تیزٕ اہ لیزٕ ھ گاٚمٕژ ازِ ساٗرے شُرل تہٕ شرارتھ اوسُس مشتھ
گومُت۔ سواُس یاتہٕ ژھو پہ دم کرِتھ بیڈس پیٹھ پانہٕ سے عتٕ کیاہتام
سونٛچان روزان نتہٕ اُس اتی بیہتھ ملیحہ تہٕ تہمینس ستٕ گندان۔ کُنہِ کُنہِ آسہٕ
میانہ بیٚنٛزِ رُوبینہ زیبہ تہٕ نازِ یوان تہٕ نیلم اُس ژھو پہ کرِتھ تمن نِش دلیلہٕ
بوزان۔ تتھے بہ دفترٕ پیٹھ یمہٕ ہا ملیحہ تہٕ تہمینہٕ آسہٕ مٕے ولنہٕ یوان۔ یمن
وُچھِتھ اُس نیلم تہٕ دَوتُلِتھ مٕے الکہٕ تہٕ وَلنہٕ یوان۔

ییٚلہ تہمینہ مٕے کوچھ منٛز بیہہ ہاسو تہٕ اُس کُنہِ نہٕ کُنہِ بہانہٕ مٕے
نکھٕ تیٖژ کوشش کران۔ زنتہٕ اُس مٕے نالہ موٚت کرنہٕ باپتھ بیقرار آسان
یمن دہَن دوہن گیہِ سواسہِ تیزٕ اہ ٹاٹھ زِمٕے اوس امی سنٛدِ گرٕ گژھنک
خیال تلواس تُلان۔

اکہِ دوہہٕ ییلہِ یہٕ دفترٕ پیٹھ گرٕ ووتُس مےٚ وٗژھ مِسز زِ نیلم گیہٕ پٔنٕن گرِتمی سٕنٛز موج اٚس آمٕژ۔ تمہِ وٕنی سانہِ ناوٕ سکھ بدرَد۔ اَسہِ کیٛاہ حق چھ امِس کور یور آنہٕ ٹنک۔ دوپُن امِس اٚسیا پٔنٕنی اٚشناوگلی ہتی۔ تمی سٕندی کٔنی اٚسی اٚسی تمن فساد پاٚدٕ کران۔ مےٚ کرےیہِ تمس سمجاوٕنچ سکھ کوشش۔ اما سو اٚس نہٕ پٔنٕن بجر ہاونہٕ موکھ میاٚنی کانٛہہ کتھ مانٛنس تیار۔ پتہٕ ہیٛن نیلم یہِ دٕپِی زِتہِ کھکھرٕ دوان۔ تمس بچارِاوس کھوژنہٕ ستی تھرٕ تھرٕ۔ خدا زانہ گرِ گُس حال آسہِ ہَس کوٚرمُت ’’۔ یہِ بوزِتھ کھوٚت مےٚ سکھ شرارت اما کرٕ ہاتہِ کیٛاہ۔ اٚخرٕ اسہِ کیٛاہ اختیار اوس۔ سو اٚس تہنٛزٕ ے کور۔

امہِ پتہٕ ہوٚت نہٕ اسہِ کینٛژن دوہن ناوٕ ے۔ یہ چھ الگ کتھ زِ اسہ منٛزٕ اٚس سو پرٕ ژھینٛز موصوم کور پرٛتھ کانٛسہ واٚنجہ منٛز جاے کرِتھ۔ اما ہرگاہ کانٛہہ اکھ تہِ زیوِ پیٛٹھ ناوانہِ ہا۔ سانٛین چھوکن ووتھِ ہادَگ۔ مےٚ اوس گرِ گرِتمی سُنٛد سہ موصوم بُتھ یاد پیٛوان یُس مےٚ گوڈٕ نکہِ لٹہِ تتھ اَنہِ گٔٹہٕ بانہ کُٹھِس منٛز وچھمت اوس۔

مےٚ پرٛژھ جیرٕ ووٚتھتھ اکہِ لٹہٕ تہمینس نیلم چھا کُنہِ سمکھان۔ تکیا زِ مےٚ اوس بوزمُت سو چھنہٕ ازکل سکول یوان۔

اکہِ دوہہِ ووِن میانہِ بینزِ رُوبینہٕ ہن زِ تمس أس نیلم سمکھے مژٕ ۔تمہِ إٔسس تہمینہٕ سنز شیچھ خبر پُرٛ ژھمژٕ ۔ سو أسکھ آزی سکول سوزمژٕ ۔یہِ بوزِتھ گیہِ تہمینہٕ اَ گادِ "ابو ۔لیلم آنون یُوری ۔نتہٕ ہرگاہ توٚہۍ مأنِہو تیلہ گرٕ ژھواسۍ تُوری ۔أسۍ ہموٗن آیاستی ۔آیاچُھ تہنٛد گرٕ مولوم" ۔مےٚ کرِیا وتمس کیاہ زِتور چھُنہٕ گرٕ ژھن اما تمہِ موٗن نہٕ ہرِ گز ۔یِگاہ أس بٹہٕ وار تہٕ شُرین چھامہِ دوہہِ چھُٹی آسان ۔اسہِ کوٚر فأصلہٕ زِ تہمینس نیِہِ داے صُبحَ نیلم سُنٛد گرٕ ۔اگر تمہِ رِتی پأٹھۍ کتھ کرنگھ یمہٕ گنٛڈن تتہِ ژیرتام ۔نتہٕ یِن تمس سمکِھتھ وٕلی وٕلی واپس۔

صبحس أٹھ بجے دراس بہٕ دفتر تہٕ تہمینن نیِہِ مےٚ نِش اکھ روپے ۔تکیا زِ سو أس واریاہہِ کالی لیلمس "پوکولا" چاوُن یژھان۔

داہ بجے کوٚر مےٚ گرٕ فون تہٕ بوزُم شُری چھنہٕ وُنہِ تہٕ گرٕ آمتی ۔مےٚ باسیاو حالات چھِ جانۍ ۔مگر بہہ بجہ کوٚر مےٚ گرِ پیٹھہِ خانٛدارنہِ فون زِ فورَن وات گرٕ ۔نیلم أسنہٕ یتھ دُینہس منز تمس کیاہ وکانہٕ اوس گومُت یا کرنہٕ آمُت ۔پرٛتھ کانٛہہ اوس حأران، افسوس کران تہٕ پن پننہِ آیہِ باوتھ کران۔

(۳)۔ باوِر    اردو۔ فضل امام ملک

لُوکھ اَسس باوِر زانان۔ اما یتھ کنِز اوس ''حاجِ بب'' ناو مشہور۔ شُری کیٚہو بڑی ساری اَسس امی ناوِ ریٚزِھ ٹُلان۔ یُتھے گرِ درّایاوشُری کھیٚجاٰہ اَسس پتہ پتہ ''حاجِ بب۔۔۔ پھِر'' ونان ونان پُھوتی تلان۔ سُہ اوس تورِلیکہ پُوراٰہ کران۔ تہِ برٛ ونِہ گُن دَوان۔ سُل آسھایا ژیرِ گرِ نیرِ ہاتہِ شُرِین اَس تُرے گرِ ھان تہِ امِس ''حاجِ بب، پھِر، حاجِ بب، پھِر'' کرِ نیکہِ دِوان۔ یہِ بوزتھے اوس حاجِ بب پٔننہِ ہنہِ لاینہِ یوان تہ لُوررِٹتھ زورِ زورِ گلہِ ناوان تمس اَس ارِ ذِکر یوان تہِ اوس لیکہِ شروع کران ''حرام زادَو۔۔۔ پکو برٛ ونِہ گُن۔۔۔اتی وُچھومِزٕ۔۔ تلا پکو برٛ ونِہ۔۔۔ بہ ناچُھسو نہِ مُقدِمہ بازی کھوژان۔۔۔مےٚ ہاچھ اَٹھ ساس روپیہ جمع۔ پکِو وُبرٛ ونِہ۔۔۔لرِتھ ہا کھیٚمو'' پتہ اوس تتھِ کنِز ٹھاٰہ ٹھاٰہ کرِتھ اسُن ترٛ اوان زِ زمینس اوس الہِ الہِ اَژان۔ شُری اَسی امی سندِس اتھس منز لُور وُچھتھ تہِ امی سُنُد کو وایہ اسُن بوزِتھ ترٛ ہران تہِ ژلان۔ اماامہِ پتے اَسس بیٚیہ وولہِ ناوان۔

گامکی امی متی اوس سارسےٚ گامس منز رٹلمت۔

اڑ ور، ہار کانٛتھ مس، پوچھر سان بۆ رُت بدن، کلس دَستار تہٕ اتھس منز لورِ ہنا۔ ناو کیٛاہ اوسُس تہٕ نہٕ کانٛسہِ پَے۔ اما ووں اَسِس ساری حاجبَب ناوَے زانان۔

گامہٕ کہِ اوک پاسہٕ اوسُس لوکٕٹ جایہ پاوٗراہ۔ یتھ منز پنہٕ نٔین شُرین باژن ستۍ روزان اوس۔ زِٹھٔین زٕٹھٔین ہُنٛد وُنن چھ زٕ گوڑ گوڑ اوسہٕ حاجبب باورٕ۔ اما ہنگہٕ منگہٕ آے امِس پیٛٹھُس پیٛٹھ تِتھی غائلہٕ پیش زِ کاڈی گیَس خراب۔

بۆ ڈغائیلہٕ گوس یتھ کنہٕ زِ خوجہِ صمد جُون کھیونس ژھَل کرِتھ سوٗ رے زمین۔ مُقدِمہٕ لۆگ تہٕ حاجبَبن لوگ پنُن سورُے داش نداش داوس۔ اما صمد جُون خرچاوروپے تہٕ زیوٗنن مقدمہٕ۔ بس تتھے پیٛٹھ ڈٕلی حاجبَبس کاڈی۔ تہٕ اتھ ہُرِ دِتھ کۆرلوکو وارَے پاگل۔

مےٚ ییلہِ تہِ حاجبب سمکھِ ہابہٕ اوسُس حاران گرٕھان زِلُو کھ کیٛازِ چھ امِس پاگل ونان۔ تکیٛازِ مےٚ کُن وُچھتھے اوس اتھہٕ تھۆ دِتھ مےٚ سلام کران۔ ادبہٕ سان کتھ کران نہ وولہِ دولہِ ونان تہٕ نہ کانٛہہ بدٕ ردٕ ونان۔

سُہ اوس لولہٕ ہتہٕ آیہ کھٔنۍ کھٔنۍ کتھ کران تہٕ مےٚ گربأژن ہنز خأرخبر پرٛژھان۔ امۍ سُنٛد مایہ بۆرُت ویٚو ہارُوٚچھتھ اوٚسس بہٕ امِس ستۍ کتھ کرنس تہٕ امۍ ہٕنزن کتھن کن تھاونس مجبور گژھان۔

شام وق اوس بہٕ درٛاس دوہ دٕشکۍ پأٹھۍ سڑکہِ کُن چکرأہ کرنہٕ۔ اتھی منز پیوم حأج بَب بُتھِ تہٕ ہمیشکۍ پأٹھۍ تُل تمۍ سلام کرنہٕ باپتھ پتُن اتھہٕ "سلاما لیکُم" مےٚ دُتمس سلامہِ جواب تہٕ پرٛژھمس "حأج بب وارے چھوا؟"

"بوبُوجی وارِ چھُس ــ اما بہ پرٛژھہَو کتھأہ" سُہ لۆگ کھوژی کھوژی وننہِ "اوِ ـــ اوِ ـــ ضورو ونِو ــ کیٛاہ دلیل چھ" مےٚ ہُرِ روو تمس حوصلہٕ"

"بوبوجی ـــ بس اکھ چایہِ پیٛالہ چاوِناوٚ" سُہ ووتھم توٗرِ۔

مےٚ واتنوو سُہ نکھے اکس چایہ ہوٹلس تام۔ تامتھ وأژ چایے تہٕ مےٚ ووتھ چایے چوان دِلس منز اکھ کتھ زانٛنگ خیال۔ تہٕ مےٚ پرٛژھ حأج ببس۔ "بب! ژے چھی یمہٕ شُری تنگ کران، پھوٗتی تُلان۔ گنہِ تام لایان۔ امامےٚ چھنہ فکرِ تران ژِ کیٛازِ چھُکھنہ یمن مار

دِوان تہٕ اَہر بیہناوان ہرگاہ اَکس دون لورِٹا ساہ پیٚیہ پتہ کرنے نہٕ زانٛہہ تنگ۔

یہ بوزِتھ پھوٚٹ تمس موٚدُراَسُناہ تہٕ لوٚگُم وننہِ ''بوبوٗ.جی مےٚ چھُ کُنہِ وِزِ پزٕی پاٗٹھی خیال ووتھان زِیمہٕ شُری مےٚ تنگ کران چھ تمن دمہِ ہا مار پوٚز یہ سوٚنچِتھ چھم اتھہٕ رٕہتھ گرٛھان زِتمن مالگہِ میانہ لورِٹاسہٕ ستیٚ۔ پتہِ چھُ بنان کانٛہہ وُسخان ماگرٛھیکھ اڈٕلوک۔ پتہ ۔۔۔ پتہٕ ماگرٛھن تہنٛدیٚن مالیٚن ماجن دل اوزُردِ۔ بوبو.جی! شُری چھ خدایہٕ سنٛز نیٚامتھ۔ مےٚ چھ تمہٕ ستاوتُلان، ریٛشہ کڈان۔ اِد مےٚ کیا چھُ تمہِ ستیٚ گرٛھان۔ بہٕ چھُس سوٚنچان اہنٛدِ موصُوم دل گرٛھی نہٕ کٔتھی تام گرٛھنٕ''۔ یِی وَنان وَنان کرٕمی ژھوٚپہ۔

بہ لوٚگُس تمس تھلہِ وُچھنہٕ ''پاگل تہٕ باورِگُس چھُ۔ حاٗج بب کِنہ یمہٕ لُوکھ؟ کیاہ جان گیاو ہرگاہ اَمِس پھُوتی تُلنہٕ برٛ وٕنہہ تمہ امی سندِس دِلس سَنہٕ ہن تہٕ وُچھہَن تتہِ کوٚتاہ لول مایہ تہٕ محبتُک سوٚدُر چھُ گرٛایہِ ماران۔

یِی سوٚنچان سوٚنچان پیٚومیون کلہِ زنہٕ تہٕ حاٗج بٔبس بروٚنہہ کنہِ۔

(۴)۔قبرِ وار            اردو۔ہارون رشید

ماسٹر رشید اوس سرکاری ٹیچر سنٛدِ عوہدٕ پیٹھ ریٹائر گژھنہٕ پتہ عیالک خرچ پوٗرٕ کرنہٕ باپتھ پتٕ میوٗ دوٕ یوٗ ریٚو پیٹھ اکس پرٛائیویٹ سکولس منٛز موموٗلی تنخہس پیٹھ کٲم کران۔ پینشن کیٛو پونٛسو پیٹھ یمن کرٛن تام روپیَن منٛز ازکل کِس دروجرٕکس زمانس منٛز گرٕ پکناوٕن چھ اسمانس آب کھالُن۔ خٲرتہٕ تہِ أسی یمہٕ کُنہ وٕنی پاٹھی پنُن گُذارٕ کران۔ یمن آسہٕ زٕ کور مقصودٕ تہٕ نسیمہٕ۔ مقصودن کوٚر ربہمہِ جمٲژ پاس تہٕ سوٲس تمہِ ساتہٕ زٕ توٗوہ (۲۲) ورِشٕ تہٕ تمہٕ نےٕ دوہن اوس رشید صٲب نوکری نشہِ رٹٲر گوٗمُت۔ امہِ وقتہٕ توٚر امس ستہٕ تھن ساسن روپیَن ہُند اکھ جان رقم۔ تہٕ امی کور یہ سوٗرٕے رقم چکہٕ چاوٕ سان مقصودٕنس کھاندرس پیٹھ خرچ۔ اما یہ روٗدُس نہ خیال زِ نسیمہ تہِ أس وُہہ ورِشٕ وٲژمٕژ۔ امس پرٛہاتمی سنٛدِ باپتھ تہِ کینٛہہ رقم پتھ کُن تھاوُن۔ پوٚز تمی گرٕ جان تہٕ ڈیجل گرٕ وچھتھ مقصودٕنس کھاندرس وُتاوٕلی تہٕ أچھ وٕٹتھ کورُن سوٗرٕے رقم یفران تیٚفران۔ وٕنی اوس دوٕ یوٗ ریٚو پیٹھ کھوٚنہٕ وٹہٕ کھوڈ کھنٛتھ لوہ لنگر پکناوان۔ أمسٕنز خاندارِنی زوٗنہٕ أس سیٹھاہ نیک تہٕ خدا دوس زنانہٕ۔ سوٲس پرٛتھ جُمعہ دوہ سأدِ پاک سُند اَستان گژھتھ تتہٕ وٕدی وٕدی پنُنہِ تہِ کُلِ

عالمہٕ باپتھ رُت منگان۔ تمس اوس فکرِ تران زِ نسیمہٕ چھ دوہ کھوتہٕ دوہ ژھیتہ ہش گژھان۔ تمس کُن وُچھتھ آسہٕ زُوٗنس اندرۍ شرٛ اکہٕ وسان۔

پتہٕ ییلہ سوشامس رشید صأبس نِش بیہتھ تمس نسیمنۍ یہ حالت دأیِر اوان اَس۔ سُہ تہِ اوس ووٚش ترٛ أوۍ ترٛ أوۍ کڈتھ تام ہُو گژھان۔ یتھ کنۍ اوس مأےلس ماجہ دوشونۍ یہ احساس گنان زووٚن چھُنہٕ نسیمہ نِس کھاندرس ژھیرِ کرُن شوبان۔ تہٕ اتھ پزِ ووٚن دَس تُلُن۔ اما کتھ اَس داچ۔ یتھِس عُمر بتس منز داج مُیسّر کرُن اوسنہٕ سہل۔ مکان تہِ ما اوسُکھ پنُن زِ کنہ ہن تہٕ رقم کرِہن حاصِل۔ نچواہ تہِ ما اوسُکھ زِ سُہ کرِ ہکھ ڈکھ۔ یوتاہ رقم ہے آنہٕ ہن تہٕ کتہ؟ یتھیٚن حالاتن منز چھُ انسانس فقط خدائے یاد پیٚوان۔ رشید صأب اوس پانژن وقتن مشیدِ منز گژھتھ ؤدۍ ؤدۍ دُعا منگان۔ اتھۍ دوران گوامہِ محلُک اکھ آسن بسن وول محمد سلطان رحمتِ حق۔ رشید صأب تہِ گو تعزیت کرنہِ محمد سلطانُن گرِ۔

شہرن تہٕ گامن منز چھ کینژن جاین خدایہٕ سندیٚن ٹاٹھین ہندیٚن استانن منز اکہِ پاسہٕ قبرن ہندِ باپتھ جاے خأےلی آسان۔ تہٕ لُوکھ چھ یژھن جاین دفن سپدُن رُت زانان۔ اما یژھن جاین چھ اکثر امیر تہٕ روپیہِ وأےلی

دفن کرنہٕ یوان ۔تکیا زاتہٕ چھ قبرِ وارساسہٕ وادن بیٚٹان شاید چھ یمن لوکن یہ کتھ مشتھ گژھان زِ یہ چھنہ تمن پانس تام ۔ ییتھ کنۍ زنہٕ نأدِر شاہ پادشہن پننہٕ زندگی منزے پنُن مقبرٕ تیار کوٚرمُت اوس ۔ پوٚز قدرتن کوٚرنہٕ تمس یہ مقبرٕ نصیب ۔تکیا ز پادشاہ اورنگ زیبن نیوٗ وسہ گرفتار کرِتھ دِلہِ ۔ تہٕ سُہ سپُد تتی مرنہٕ پتہٕ دفن ۔ ازتہٕ چھ تمۍ سُند نبومُت سُہ مقبرٕ ژھورُے ۔

خأر ییلہِ رشید صأب محمد سلطان سُند گرووت تمۍ بُوز زِ اہندیٚن اولادن ہنٛز خأہش أس زِ سُہ گوٚژھ کُنہِ پأٹھۍ سیّد شاہ صأبنس آستانس منٛزے دفن کرنہٕ یِیُن ۔

اماتتہٕ اوسنہٕ کانٛہہ اکھ تمن قبرِ وارس سوٗنٛب زمینہٕ گز دِنس تیار ۔ ییٚلہِ یہ کتھ رشید صأبنیٚن کنَن گیہِ ۔ سُہ گوحأران اماستی گیَس خوشی تہٕ ۔ تکیا ز رشید صأبنس مألس تہٕ امہٕ آستانہٕ کِس تمہِ وقتہٕ کِس مُتولی یس أس پانہٕ وأنۍ سَکھ یارٕز ۔ یمہِ کنۍ تمۍ رشید صأبنس مألس آستانہٕ کس قبرستانس منز قبر باپتھ جاے دِژمٕژ أس ۔ تہٕ سو زمین أس وُنہِ تہٕ رشید صأبنہٕ ناوٕ موجود ۔ یمن دوہن امس یہ زمین دِنہ أمٕژ أس اتھ اوس نہ تیوٗتاہ مول تہٕ نہ تیٚژ اہمیت چھہ تہٕ ۔ اما ازکل اوس اتھ وارِیاہ مول تہٕ تہٕ اہمیت تہٕ ۔

امہِ علاوٕ اوسنہٕ سُہ متولی تہٕ زندٕ۔ زِلوکھ کرٕہن تمس زارٕ پارٕ۔ اوٕ کنہٕ ہرگاہ رشید صاب یہ زمین ٕکنہِ ہاتہِ تمس اوس نہٕ پرٕ ژھن وول تہِ کانٛہہ۔ یہ زمینہِ گزٕ کِنتھ ہیکہ ہاسہ پننہِ کورٕ ہُنٛد کھاندر جان پاٹھی نکھٕ واٚلتھ۔ یہے کتھ سونچتھ کوٚر تمی پننہِ امہِ قبرواُرک سوداٗہ محمد سلطان ہٕنٛد ین نچوین ستیٚ پنژاہن ساسن تہٕ رٹن روپیس پنژاہ ساس نقد۔

پتہ ہیوت تمی یمن روپین پننہِ کورٕ ہندِ نیتھُرک سنز بٔز کرُن۔ یتھ کنٛہ ووت ہنہٕ ہنہٕ نیتھُرک تاریخ نکھٕ۔ مگر یمہِ ساتہٕ سُہ زامترٕ سندٕ بن اتھن منزٕ سوٹ تہٕ نقد تھاوان اوس تمس اوس باسان یینہٕ واٚلس منزٕ آسی لُوکھ یہے کتھ ووکھناوان زِ تمی کتھ کنہٕ کور پننہِ قبرواُرک سوداٗہ تہٕ زامترٕ ہُوٚتن مولی۔ واریاہ لوکھ آسی ونان پننہِ زندٕ لاش کھکھر اونہٕ کھوتہٕ اوسُس یہوے فرض نکھٕ والُن ضروری اُمِک ذِمہ وارُس اوس۔

(۵)۔اتھہِ وَش اردو۔عقیل قیس

فونَس گیہِ بیٚل۔ڈیڈی اوس وُنی وُنی دفترِ پیٚٹھ واپس آمُت۔سُہ اوس ڈرٛ اینِگ رُومس منز اخبار پران۔میأنی ممّی مهناز أس تمس نِش بیٚهتھ اَسان اَسان کیا ہتام کتھِ کران۔فونٕچ بیٚل بوزِتھ گے دوشوَے رسیوَر تُلنہِ۔اما ڈیڈی ووت برٛ ونٛہے تہٕ لوگُن رسیوَر کنَس ستۍ۔ممّی أس امس نکھے بوزَان۔دویمہِ انڈٕ اوس رشید ٹوٗٹھ۔۔۔رشید ٹوٗٹھ یاں زِ نسیم بھیّا سُنٛد دوس۔

نسیم بھیّا۔میون زُٹھ بوے۔پوٗز ووٚں گے مےٚ شبے ریٚتھ گنی آسان۔حالانکہِ ممّی أس ڈیڈی سِنٛدِ اکہ پاسہٕ اما یتھے تمی رسیور ترٛ وو۔سوٗنٛچ تمِس سخ پریشان گرٛھتھ پرٛ ژھنہِ زِ رشید کیا ہ اوس ونان۔

ڈیڈی اوسنہٕ أدکی پأٹھی خوش۔سُہ ووتھ ممّی کُن نسیم سندِ مرٛنک بہانہٕ چُھ دراصل اکھ کتاب سپز ہٕش۔یوسہٕ تمی کالج لائبریری منزٕ أنی ہٕش أس۔دیان اوس امہِ برٛ ونٛہہ تہِ أسی بیٚیہٕ زِلڑکہ امی کتابہِ ہنٛدِ بہانہٕ اڈٕ ژٕٹی گمتۍ۔اما اصل کتھِ ہُند پےلگہِ رشیدنہِ یوٚت ییٚنہٕ پتے۔

یہ بوزِتھ لگی ممی ووٚدی ووٚدی۔ڈیڈی اتہٕ گو ہےٚ ینگہ۔زنتہ أس نسیم بھیّا

سندِ مرنچ شیٚچھ وُنی وُنی وأ ژمژ ۔ییلہِ زَنہٕ تٔتھ غائیلس شبے ریٚتھ گامتی آسی ۔

عجیبے کتھاہ چھ زِ کالج لائبریری ہنٛز اکہِ کتابہ آسی ترٛے ترٛے جوانِ رأیل از جان گرٕمتی ۔کتاب ماچھ کانٛہہ اتھِ کھور تھاون وانٛجنی زِوٕ ذاتھاہ ۔کانٛہہ زہریابورُود ۔امایِیلہِ رشید ٹوٗٹھ وُنان چُھ سُہ ماونہِ اپُز ؟

بہٕ چھُس سونٛچان ہرگاہ نسیم بھیّا لائبریری منٛزٕ یہ کتاب انہِ ہانہِ سُہ ما آسہاوُنہٕ زِندَے میون ۔سہ بوے ہُو ذہین طالبِ علم گواکہِ عجیبے وکانہٕ بزٕ ۔سُہ اوس کیٚمسٹری منز آنٛزٕ زکران ۔تہٕ بتھِ اوسُس سیٚٹھاہ کینٛہہ کرنٛک شوق ۔

ممی أس وُدی وُدی نیکہٕ یَن ژامژ ۔بہ تہٕ اُوسُس تایہِ منٛز گرُن کران ۔اوٚش بگہٕ أسم یوان ۔مےٚ أسی یاد پیٚوان تمہٕ ژِہی ۔۔۔۔۔

سُہ دوہ ییلہِ سُہ کالجہٕ پیٚٹھ واپس آمُت اوس ۔سُہ کوٚتاہ خوش اوس ۔ییلہٕ مےٚ نیٚبرکنہِ سمکھیاوتہٕ ووتُھم "مُنّا" تہٕ تھس تاپس منٛز کیٛاہ چھکھ آنگنس منز کران ۔گرٛٹھ ممی ون مےٚ گبت شیرِ بتہٕ ۔مےٚ چھ سخ بوچھِ لٔجمٕژ" یِی وُنان بٔجن چندٕ منٛز ٹافی جوراہ تہٕ پلہٕ ناوین مےٚ گُن ۔سُہ اوس مےٚ سخ ٹاٹھنیار کران" ۔

تمہٕ ترٚ آو بتہٕ کھیٚتھ نٔندٕر۔ شامس تہٕ بیوٹھ کمرٕ سےٚ منز۔ یہٕ زنہٕ سُہ زانٛہہ تہٕ کران اوسنہٕ۔ سُہ اوس شامس ضرور لانٛس اورٕ یور چکرٕ آہ کران تہٕ پہرٕس کھنڈس گندان۔ امہٕ دوہہٕ اوسُن کال تہٕ کمرٕ سےٚ منز کھیٚمُت۔

دویمہٕ دوہہٕ ییٚلہٕ نہٕ سُہ ژیرتام ہنٔدرٕ ووتھ۔ ممّی گیہٕ تمس وُزناونہٕ۔ اماہنگہٕ منگہٕ ژٔج تمس کُنی ودن باکھ نیرِتھ۔ ڈیڈی گویہٕ بوزِتھ تہٕ وُچھتھ زنہٕ رہتھ۔ بہٕ گوس پانہٕ تہٕ روبُودٕ زِیہٕ کیاہ گو؟ اوٚ تام اوسنہٕ مےٚ کانٛسہٕ ہُنٛد مرُن وُچھمُت۔ موتہٕ کِس بارس منز اوسُس کُنہٕ کُنہٕ سونٛچان زِ یہٕ چُھ کیاہ تام وأناکھ چیز اہتھ سأری کھوژان چھ۔

مےٚ چُھ وُنہٕ سُہ وق یاد زِ بھیّا سِندِس شانٛدس پیٚٹھ اُس نیلہٕ جِلدٕ واجنۍ اکھ بڑ کتاب۔ شاید ماأس سوے کتاب تمہٕ سنٛدِ مرنُک بہانہٕ بنے مژ۔ پتہٕ اُس میانٛی ڈیڈی ییٚن سو لائبریری والیٚن واپس سوزمژ۔

اُتھی منز گیہٕ کال بیٚل تہٕ میٚانہٕ سونٛچُک پَن ژھوٚن۔ اتھی ستۍ گو آلو "مُنّا" زنہٕ تہٕ سوے نسیم بھیّاسنز آواز۔ امایہ اوس رشید ٹوٹھ۔

مےٚ مُژ روو دروازٕ تہٕ سُہ ژاو اتھس منز اَخبار ہیٚتھ اندر۔ تمۍ کُرمی تہٕ ڈیڈی یَس سلام۔ ڈیڈی اوس وُنہٕ ہےٚ بنگہٕ۔ اما امس وُچھتھے آیہٕ تَس

زیوتہٕ لوٗگ رشید ٹاٹھس سوالس پیٹھ سوال پرٕ ژھنہٕ ۔ ممی اَس وٕ دی وٕ دی سوتے مژ ۔ رشید ٹوٹھ لوٗگ ونہٕ " کتھ چھ ژکہِ یِی زِ نسمین یوسہٕ کتاب لائبریری پیٹھہ اَنی مژ اَس ۔ تمہِ کہِ سےٕ کتھ تام ورقس اوس کوستام زہریلہِ کیمیکل لاگِتھ ۔ یہِ چھنہٕ کانہہ حاران کرن وازنی کتھاہ ۔ پریکٹِکل (practical) کرِتھ ما آسہ کانٛسہِ صاف کرنے اتھ کتابہِ اتھ لوگمت ۔ تِکیازِ واریہن لوکن چھ یہ ناکارٕ عادت آسان زِ تمہ چھ زیوِ ستہٕ پنٛز اونٛگجٕ اَدرا وِتھ کتابن ورق پھران ۔ شاید گے اَوے نسیم تہٕ بیٚیہٕ زٕ لڈکہٕ ازجان ۔ بیٚلہِ ترٚینہٕ وٕنی ہنٛدِ مرنُک بہانہٕ اکے کتاب بیٚیہٕ لائبریریس پیٚوشک ۔ تمی سوز کتاب ٹیسٹ (test) کرناونہٕ باپتھ ۔ تہٕ انداز گو صحی ثابت ۔

مےٚ چھُنہٕ فکرِ تران امایمن ترٚینہٕ وٕنی ہنٛدِ مرنُک ذمہٕ وار چھاسہٕ ناکارٕ عادت یِنہٕ تمس نامولوٗم شخصہٕ سُنٛد لاپرواہِن ۔ کیا بیٚرٕ اہ لوٚکٹ غلطی ہیکیا ہتھ وانا کھ حادثہٕ بنتھ ۔ یِی سونٛچ سونٛچ چھُس بہٕ بے اختیار وَدن باکہٕ ژھٹان ۔

## (٦)۔مکان
اردو۔محمد طارق

بوٗنگلہٕ گوتیار تہٕ سُہ آو پنٕنۍ گربأژ ہیٚتھ اوٗت۔ دویمہٕ دوہہٕ کوٚر امی سکھ چکہ چاو سان سارِنے سال۔ یار دوس، اٹگ أشناو سأری آے دعوتس تہٕ سأری أسی مکان وُچھتھ اِمکی تہٕ انجیئر سٕندی تھوٚد دوٕھی ووھٕ تأریف کران۔

''واہ وا! ژے چھے بڑی پأٹھی کمال کوٚرمُت۔ بوٗنگلہٕ چھا کنہٕ کتھہٕ۔ اتھ نخص چُھنہ کانٛہہ گَنجُیش۔ مبارک حض چُھے''۔

''شکریہ۔ خأر مبارک'' سُہ اوس پرٛتھ ملاقات کرن وألس مکانکی تعریف کرنس پیٚٹھ تمس ستۍ اتھ رلأوی رلأوی وؠڑھ ٹُلان۔ ''یہ حض چُھ مے سیٹھاہ لولہٕ سان جدید طرزس تہٕ ٹیکنیکِس پیٹھ بناونو وُمت۔ خاص کرِتھ چُھنہٕ اتھ بُنلبکُ کانٛہہ خطرٕ۔ انجیئرن چھ ہتھ ؤری گارنٹی دِژمٕژ''۔ یمہٕ کتھٕ بوزِتھ لوٗگ بوٗنگلہٕ اَسان پانہٕ سے ٕتۍ ونہٕ ''مےٛ چھ پوٗرٕ پرٛژھ میأن پأے دأری وُچھنہ باپتھ نہ آسکھ ژٕ زِنٛدٕ نہ چون انجیئر۔ ژٕ چھکھ پانہٕ ستتھ وُہرتہٕ چون انجیئر چھ پنٛژاہ ہوٕرٕے۔ تو تہٕ تھأوی نو خداوارٕ''۔

محلکی روزن وألی أسی دعوتس پیٚٹھ آمتۍ۔ مکان اوس تمن تہٕ

وُچھان۔ یہ اوس تہندین پھِچوروس پلوٚن منز تہندی دڑ ہہ لد وجود وُچھتھ اَسان۔ کأتیاہ دُپَن دلازتہٕ منافق چھ یمہٕ اما تہندی بوٚنگلہٕ؟ بوٚنگلن ترٚ اَو پانس اندی پکی مندوریٚن گُن نظراہ۔ ساری اَسی عالی شان تہٕ دبہٕ درٕی۔

بوٚنگلہٕ لوٚگ سوٚنچنہٕ زِ انسان چُھ کینژن ہفتن یا کینژن رٚتین منز عالی شان مکان بنأوِتھ پھرٚ کھترٚ اوان۔ اما زیٹھ وأنس اَستھ تہِ کیاز زِ چھُنہ پانہٕ انسان بنان۔ یمن مأری مندیٚن تہٕ مضبوط مکانن منز روزن وألی لُوکھ کأتیاہ کمزور تہٕ بدسوٚنچ تھاون چھ۔ مکانن ہوٚت اندی پکی مندوریٚن منز روزن والیٚن یمن خاصہٕ دعوت کھیٚنہٕ والین گُن وِچھتھ سکھ افسوس کرُن۔ ییٚلہ کھیٚنہٕ چیٚنہٕ مجلس اند وأژ۔ لُوکھ دڑ اے پانَس پانس۔

مکانک مألک لوٚگ پننہٕ خاندارنہٕ، ترٚیشہِ وٕنی نیچوٚین تہٕ نوشن ستی ڈرٚائینگ رُومس منز بیہتھ سالرن ہندی تأریف ووڈہٕ ٹُلی ٹُلی بوزناوِنہٕ یمہٕ تمو اہندِس بوٚنگلس کری ءتی اَسی۔

مکان اوس یہ سورُے بوزِتھ اسُناہ کران تہٕ ونان ڈژ کوٚشاہ بیقل چُھکھ۔ تمو لُوکو کری میأنی تأریف تہٕ ژ چھکھ ووڈہٕ ٹلان۔ بہٕ چھُس پننی

اصلیت زانان ژٕ کتہ زانکھ۔ چون وجود تہٕ چھ اکھ مکان یُسہٕ ژے
نبوومُت چھُے۔ ژے وأتی ستتھ (۷۰) وری اتھ منٛز بسان۔ ژے ما
زانٛہہ اتھ متعلق سوچمُت بامے حرام اوس یا حلال سُورے رودُ کھ اتھ
بران۔ واریاہ ژھیٛٹھ ژھوٹھ رودُ کھ اتھ منٛز ترٛ اوان۔ پننٛس وجودس منٛز
کوتاہ بیمار تہٕ کمزور چھکھ ژٕ۔ مکانہٕ چہٕ کتھ بوزنہٕ تہٕ سمجنہٕ باپتھ اُسی نہٕ
تمس گن۔ گن اٗستھ اوس زوٗر۔ اٗچھ اٗستھ اوس اوٗن۔

ییلہِ تمی سنٛز خاندارِنی بیٛمار گیہٕ تہٕ کینٛژِ دوہی آس بیٛمارِ ہنٛدے
بہانہٕ موت۔ توتہِ ترٛ نہٕ مکانہٕ مأ لکس زندگی ہنٛز اصلیت فِکرِ۔ مکانس سپُد
یہٕ وُچھتھ حأرت تہٕ لوٗگس وننہِ یہٕ چھُس مکان تہٕ ژٕ چھکھ انسان۔
مکانس نہ چھ شرٛی بأ ژتہٕ نہ اتنگ اٗشناو۔ یمہٕ انسانہٕ سنٛز کہو چہ تہٕ ازمأیشہِ
چھ۔ تمی وون نہ کینٛہہن تکیا زِسہ اوس مکانہٕ باپتھ کوٗل تہٕ زور۔ کینٛہہ کال
گژھتھ رودسہ اتھ شان دار مندورِ منٛز گن تہٕ کیول۔ تہٕ مکانک پرٛتھ
کمرٕ، ورنٛڈا، آنگُن تہٕ پارک اٗسی تمس اکِے کتھ گرِ گرِ پرٛ ژھان۔ "ژے
بنأوتھ یہ منٛدور شان دار تہٕ پأے دار اما پننٛی اولاد کیا زِ بنأوی تھکھ نہٕ ییتیاہ
رتٕی تہٕ جان"۔

مکانہٕ چہ آوازِ روس کتھٕ بوزنچ اُس نہٕ تمس کانْہہ وتھاہ۔ اکہِ دوہ لوٗگ اِمس پئن گرمہنُو کھوڑی کھوڑی وننہِ "خوجہ صاب! اکھ کتھا پرٕ ژھہاً" "وَن سأ"۔

"خوجہٕ صاب۔ ژے حض بنومُت چھے یُوتاہ بوٚڈ مکان۔ اما ترٚینہٕ وَے نیچوی چھی اُچھو دُور۔ اکھ چُھ امریکہٕ ہس منٛز۔ دوٚیم انگلستان تہ ترٚیم جرمنی منٛز۔"

"چارٚ یا! تمہٕ چھا دُور" تمی وۄن سمارٹ فون نوکرس ہا وان ہاوان۔ "بہ ہا چُھس دوہے تمن ستیٚ کتھ کران۔ ژٔنْدِ رواردوہ زِٹھس ہِوس تہٕ تمی ہندٚین بچن ستیٚ۔ بوٚمواردوہ منٛز مِس ستیٚ تہٕ بودواردوہ لوکٹس ہوِس ستیٚ۔ پتہ برٚسیٚو اردوہ بڑس۔"

"ہاں" نوکر ووُتھس یمہٕ کھوکھرِ کتھٕ بوزِتھ۔ ژہس کھنڈس ژھوپہ کرنہٕ پتہٕ "امایُوتاہ بوٚڈ مکان؟"

"مے چھ یہِ بوٗنگلہٕ ترٚینہٕ وِنی نیچوٚین ہندِ باپتھ بنومُت۔ تمن ماچھ دوہے تو رُی روزُن"۔ پتہ لوٗگُس وننہِ "گرٚاونڈ فلور گولوکٹس، دوٚیم پورمنٛزی مِس تہ ترٚیم گوبڑِس ہوِس"۔ ژٕ تھاوتھ بہ پانسے ستیٚ۔ اِدٕ

وُچھتہٕ مزٕ کیاہ پیہِ۔ میٲنین نچوٚین ہنٛدی شُری چھ سکھ رٕتی تہٕ خوشہٕ ونی''۔
پتہٕ رودسہ گرمُہنوسِ رأے ژہنزٕ ن دٕ ہن بجن تام پنہٕ نٚین زُریٚن ہنزٕ تمہٕ کتھ
بوزناوان یمہٕ کی فونس پیٚٹھ تمن عدٕ کرِ مژٕ آسہٕ۔
امہِ پتہٕ گونو کر آرام تژٕ اونہٕ باپتھ پننس کمرس منزٕ۔ صُبحس ووتھ سہ
دوہ دُشکی پأٹھی سُلہِ۔ مألکہٕ سُند بیڈ رُوم اوس وُنہِ بند۔ نوکرن دُبت
دروازس ٹھکھ۔ توتہِ آس ژھوپے۔ سہ کھوژتہٕ ہوتُن دروازٕ زورٕ زورٕ
وایُن۔ ''خوجہ صأب، خوجہٕ صأب''۔
اندرٕ گونہٕ کانٛہہ آلو۔
امس اوسنہٕ فکری ترانِ زِ سہ کیاہ کرِ۔ پتہٕ گودَوان دَوان نکھٕ تلہٕ
کِس ہمسایس نِش یُس صُبحٲے چکرٲہ کرنہٕ موکھٕ پننہِ گیٹہٕ نیٚبر درٕ امُت
اوس ''بہ حض چھس توہہِ ہمسایہٕ یتھ مکانس منز گرمُہنوٕ'' سہ لوٚگ شانٛشہٕ
ہوتےٕ وننہٕ۔
''مےٚ چھ خبر'' ہمسایہ ووتھس پلتھ پأٹھی۔
''صحب۔ میون خوجہ صأب نحض چھنہٕ پننہِ بیڈ رومک دروازٕ
کھولان۔ مےٚ دِژ اوواریاہ ٹُھکھ۔ پتاہ چُھنہ کیاہ دلیل چُھ؟''

''شوٗ نِگتھ آسہِ''

''نہ جناب۔ سُہ چھ ہمیشہِ صُبحس سُلہِ ووتھان''۔

''اِد، بہ کیاہ کرَ ے؟''

''آہنسا۔ آیہ کیاہ کرِ؟'' کالونی ہندی دویم ہمسایہ لگس وننہِ۔ یمہِ

مارنگِ واک کرنہِ درٚ امتیٚ اٗسی ''نیر ژٕوٗ چھ پانے کیاہ دیلیل چھ؟''

ساٗری گے پانس کنس گٕشتھ۔

سُہ لوٚگ یمن تھزَن مندورین ہندین لوٗکن کُن وُچھتھ سوٗنچنہِ

''یمہِ کتھی ہمسایہ چھ، بُتھی بدلاوَن واٗلی، میاٗنس ماٗلکہِ سندی دوس زاٗنی

کار۔ پتھ رودی میانہِ گامکی خام پہرین منز روزن واٗلی غریب، اِکس

ہے کھورَس کونٛڑ اژِ ساٗری خبرِ واتان تہٕ ڈکھ کران۔ ہم دردتہٕ دوکھس

سوکھس بکاریوان۔ وو کیاہ کرِ؟''

دوکھہٕ زَدہُوٗ پھیور واپس۔ مالکہٕ سندِ کمرُک درواز اوس وُنہ

اندری گٕنی بنٛد تمی دُبت بیٚیہ دروازس ٹھکُھ۔ ''خوجہ صاٗب، خوجہِ صاٗب'' پوٚز

جواب ندارد۔ ''افسوس ووں کیاہ بنہِ'' سُہ لوٚگ پانہٕ سےٕ ستیٚ وننہِ۔

''پھٹراوِ نا درواز۔۔۔ نہ۔ نہ''

سُہ دڑ اوۄلیٚ وٕلی گیٹس کوٚرُن قُلف تہٕ گو پلسہٕ تھانس پیٚٹھ۔ تتہٕ لیکھہٕ نووُن رپوٹ۔ پولیس آو تمس ستۍ۔ تموتہٕ ووے درواز اورٕ آونہٕ کانٛہہ جواب۔

اَخر پھٹر وو پُلسَن درواز۔

اندرٕ اَس مکان مالکہٕ سنز لاش۔ اَس اوسُس یکے تہٕ اَچھ تالوَس گُن۔ ژٕ چھنِس اتھس منز سمارٹ فون تہٕ شاندس پیٚٹھ شرٛین ہُند یکَے البم۔ پُلسن کٕر پننی کاروأیی۔ تہٕ نوکرن کٕر خوجہِ سنٛدین نچوین فونس پیٚٹھ شیٚچھ۔ دویمہٕ دوہ وأتی ترٛینہٕ وَے بارٕنی پنٛن عیال ہیٚتھ۔ مأرِس کوٚرُکھ کفن دفن دَہن دوہن رودی أتی۔

یمن دوہن کوٚر بأے بارٕنیو مشورٕ۔ مکان ژُھنگھ کِنتھ تہٕ رقم بأگرروٗکھ پانہٕ وأنی۔

مکان رود خوجہِ سنٛدین ترٛینہٕ وٕنی نچوین تھلہِ وُچھان اتھ اوس وارٕیاہ کینٛہہ وُنن اما تمن مأسۍ تہِ سورُے بوزٕنکی گن۔

(۷)۔ چھوکھ مابلیاو          اردو۔ شیرین نیازی

ریتہٕ کالکہ نار ژھٹہٕ وُن مندیٚن وق۔ تہٕ اتھی منز اَس سوکرٕھس تل گٕٹھر تہٕ کلس پیٚٹھ اکھ لوٕکٹ آبہ نٹہٕ واَریٚتھ بالہٕ اپور کھہس کُن گژھان۔

ژواپاسے آسہٕ نارٕ ژھٹہٕ یوان تہٕ کٔنیل وتن اَس زنتہٕ ریٚہہ بجمژٕ۔ اماسو اَس امی بریٚہل کرٚ ایہٕ منزٕ ننہٕ واَرٕ ے پکان۔

''وٕہی سکھ تاپہ کرٚاے چھ۔ سُہ آسیٚم صُبحہٕ پیٚٹھ فاقہٕ پھرِ سوتیامُت۔'' خانہٕ دارِ سُند سونچان سونچان کرٕن امس زنگن نٹھ تہٕ سو آیہٕ نبے سنگاہ پتھر لاینہٕ۔ سواَس بُزونہٕ کرٚ ایہٕ تہٕ خاندارِ سنزٕ فکر کنی رآ و مژ ہشِ۔ کھورگوس بالہٕ کھسہٕ ونہٕ کھوڈس منز بند آبہٕ نٹہٕ واَرِس گیہٕ ترٕ پہ تہٕ کوٚٹھ آس کو پاٹھی زٕلنہٕ۔ تمہِ کٔڈ وارٕ وارٕ پننی زنگ امہٕ کھوڈٕ منزٕ۔ اتھ اوسُس خون وسان۔ نٹہٕ وارِکس ژٕکس تل اوس کم کاسہٕ آب موجود۔ سُہ تھوڈن بیٚہہٕ کلس پیٚٹھ تہٕ دَگ ژالان ہیٚژن کھہس کُن وتھ۔ اَمس اوس پرٚون بیزار کوٹھس نِش رتہٕ ئری گوٚمُت۔ ییٚلہِ سو کھہہ ڈورِس پیٚٹھ واَژوَق اوس کتہٕ کورڈ ولمُت۔

"نَے تہٕ از گوڈُ ےژے وارِیاہ ژٕریہ ژے ماۍ سےٚ نٔنٛدٕر پیمژ"۔
خاندارلوٗگس وننہٕ۔

سَمری تھاوژھو پہ کرِتھ گٔنٛڑِ پتھر۔ تہٕ ترٛیش پلہٕ ناوان ترووُن
کلہٕ بوٚن کُن۔ "ہتے سَمری یہ کیا ہَے ژھے ژے گومُت" ترٛیش رٹان
رٹان پیٚیہٕ دشتھس الہٕ غاٗبہ اۍ سندِس رتہٕ برٛتِس ییزارس کُن نظر۔ تہٕ
تمس ؤژھ تھتھراے ہش۔ تہٕ لوٚگس لوٚتےٕ وننہٕ" باسان چھم ژے
چھی چھوکھ لوٚگمُت۔ نَے تہٕ یہ کِتھ کٔنی لوٚگےٕ" "وتہٕ ہالوٚگم برٛ یکھ۔
کھورڈولُم تہٕ آلیس بالس کھسہٕ وُن پتھر لاینہٕ۔ تکیازِ صَبحے ییٚلہ یورِ ینہٕ
باپتھ درٛ ایس مےٚ گُھرٕ ترٕہش تہٕ پیٚیہ باسیٚام زنتہٕ پتھ۔ دوپُم پہرس
کھنڈس ترٛاوِ ڈاپھ۔ اما مےٚ پیٚیہ اۍ تھی منز ہٕندرزول ہش۔ یتھے ہُشیٚار
گیس۔ دوہ اوس یورووتمُت۔ آنٛیھرِ تھاپھرِ وِژھس۔ آنگنَس لِوم۔
چانہٕ باپتھ کریم ژوچہ جوراہ پتہ تھووُم اتھ سُبن تہٕ آنچار رژھاتہٕ درٛ ایس
یور۔ پننی کٔنی کرے یَم وُژھے اما گوم ژٕری۔ مےٚ اۍس نا اتھی کُن کل زِ
ژے اۍسی بوچھہٕ لٔجمژ۔"

"ژٕہے چھکھ میٚانہٕ باپتھ یتھ تاپہ کرٛ ایہ منز یوٗتاہ دُورِ پیٹھ یتھ

بالس کھسِتھ یور واتان۔ اما کرٕ و کیاہ۔ دفترُک بوب آسہاتہٕ ٹِفن ڈبس منز آسہا ژوٹ سٍتۍ آنان۔ ووں ہر گاہ ژٕ سُلہِ صُبحٕ ژوٹ سٍتۍ تہٕ دِہم۔ ییتہٕ تھاوِ کتہٕ یاتہٕ گرٕ ھنس ریٖیہِ اگا دِنتہٕ ژلَن وٕ نکی پٔنژ ی ہیٚتھ۔ کرٕ وتہِ کیاہ اَسی بوزتہٕ مُزورتہٕ مجبور"۔ یِی ونان ونان ژٔٹ دشرتھن پننہٕ ژھینہِ مرٕ قمیضہِ اکھ دَجہِ ریٚل تہٕ گنڈٕ ن سمری ہندِس کوٗٹھس۔ یہِ بوزِتھ آے سمری اوش ٹآرِ ی برِتھ۔ تہٕ دشرتھ لوٗگُس ونہِ۔

"اِد کیاژ نیر۔ پوٗز اتہِ أنی زِ ہسپتالہِ پیٚٹھٕ دواہ۔ کمپوڈرَس وٕ نی زِ دشرتھ دِیٔ پانے پوٗنسہٕ۔ اووبیٚہِ ینہٕ ژٕ شامس کینہہ کرٕ کھ۔ بہٕ یمہٕ نا۔ بہ بناوِ پانے ژوٹ تہٕ ژٕ کری زِ کوٗٹھس دواہ لاٗ یِتھ آرام"۔

"اِو ہسأ بہ کرِ آرام تہٕ ژٕ کرٕ کھ دوٗہس ٹھکِتھ ژھیٚنِتھ کھیٚن تیار"۔ سمری أس پانہٕ سے ستۍ دِلہٕ منزی ونان۔ پوٗز گرِ واتان واتان کھوٗت سمری تیز بُخار۔ دویمہِ دوہہٕ تہِ أس سوتیہٕ ستۍ دَزان۔ کھہس کُن نیرٕ ن وِزِ اوس دشرتھن تمس وٕ نتھ تھووُمت زِ یتھنہٕ سوازتمس کہت ژوٹ ہیٚتھ ییہِ۔ پوٗز سمری رودنہٕ تاب گٔھرِ منز ژوٹ تہٕ آبہٕ نٹہٕ وورییٚتھ وأتژ سو کھہس پیٚٹھ۔ تمہِ وُچھ دشرتھن اوس کتہِ تام اکھ ژِھنی تہٕ دوٗ گُراونمُت۔

''ہَتوَ ژے کیاہو چُھے اتھ کرُن''۔ سمری وۆژھس ہَیوُ لاہ گرِژھتھ۔ دشرتھ لوٚگس اسہِ وِنہِ ہونٛچہِ وننہٕ ''یہِ ہے چُھم بال ژٔٹن یہِ چُھے ناژے کھس وس کرن وِزٕتھکہِ راوان'' ''ہَتوَ ژٕ مو چُھکھ باوِر گومُت۔ یوتاہ تھوٚد بال۔ اونٛگجہِ سُنٛب ژِھنٛی نیٛٹھس سُنٛب ڈوگُرتہٕ ژٕ ژٕٹھس بال۔ سُہ تہِ گُنے زون''۔

'' ہتے باوِر نَے چُھس گومُت۔ مےٚ ہے چھِ کاڈِی ٹھیکھ۔ بہٕ ہے بناوِ یہِ بال ژٕٹھ چانہِ باپتھ وَتھ۔''

سمری لَجِ یہِ بوزِتھ اسان اَسان دَب دِنہِ۔

''نوٚ ژٕ مان تہٕ یامتہٕ مان تہٕ۔ ژٕ ہَبا چُھکھ پزی کُنٛی باوِر گومُت۔ اِمِس پتھِ کنٛی اَسان وُچھتھ پیٚیہِ دشرتھس وُہ وٕری برٚ و نٛتھم سمری یاد۔ اسہٕ وِنٛی تہٕ وِسہٕ وِنٛی سمری۔ کرِ ژاہ ماٗری منٛز اٗس۔ کتھی نرم تہٕ پھنٛبہٕ دتہٕ ہی کھور پھلی۔ واہی یہِ اٗس ڈکھجل گرِچ کور۔ پوٚز مول موج مودُس نہ رودُس مالنیکُ ڈکھ نہ واٗروُبک سوکھ تہٕ نہ پھوٚج اولادِ رنگہٕ۔ خداین سوزنس گُنٛے اولاد سوتہِ گور۔ مَسا مَسا باہ وٕرِش واتہٕ وُنٛےٚ بنے یہِ سومحلہٕ والین اٗچھ منٛز کِٹرُ۔ یمہٕ کنٛی لوکچہٕ وانسہِ منٛزے کھانٛدر کرُن پیوٚ۔ سوگیہِ

وأرِوتہٕ سمری گیہِ پرٕ ژھێنز۔ نێچُوٕ ہے آہہاب پرٕ ناٲوِتھ لیکھِ ناٲوِتھ بناوِ ہون دفترُک بوب۔ نوشاہ آنہٕ ہون تہٕ سمری وُچھِ ہا زُریٚن ہُنٛد بہار۔لُوکھ ماوَنہنَس دشرتھ مُزورِ سٕنز آشنی بلکہ آہہانَس دھنی رام یا سُکھ رام بوبوجی سٕنز موج ونان۔

''ہتو ژٕ کمہٕ نُوغوطَن گوکھ۔ژوٹ ہو گرٕ ھی خراب۔''

سمری ہٕنز ژینہٕ وٕنی گودشرتھ زنہٕ تہٕ رِنٛد رِہُشار تہٕ لوٚگُس ونہٕ

''آہنہٕ ژوٹ ہے گرِ ھ پزی کنی خراب۔ پوٚز بہٕ ہے اوسُس چانی موکھٕ سونٛچان۔ ہرگاہ ژٕ ے نیچُو آسہِ ہی۔ یُوتاہ کُڈرٕ ریر ماپیٚہ ہی ژالُن''۔

صُبحس پھوٚل گاش۔ دشرتھ گو بێیہ پننہٕ رِنس کارس تہٕ سمری لٕج گرکامہِ آوٕ ر۔ ژمہ ترٚ وولِتھ ڈُوِتھ۔ زٕبن رِنکہٕ روٗن۔ دانٕس زوُلن نار تہٕ ہوٚتُن اوٹ مانڈُن۔

سمری ٲس پننہِ ہمساے بایہِ رِنش زوورَن رژھاہ مٕنٛگتھ ٲنی مژٕ۔ تہٕ از اوسُن واریاہہِ کالٕک پننہِ ژھاوجہِ ہنٛز دودٕ ہنا خاندارٕ سنٛدِ باپتھ زیٚو رومُت پتی میٚو کینژ ودو ہَو پیٹھٕ ٲسنہٕ سوٗ ژھاوجہِ امہِ کنی دود ہیٚوان

یُتھنہٕ اَمی سندِس ژھاوجہِ مونگرِس فاقہٕ لگہِ۔ اما دوٚیَو ترٚےیَو دوہَو پیٚتھ اوس یہِ پننہٕ وتھراہ تہٕ کھیوان۔ تِمس گُھرٕ وانٛج بوٚڈھ تہٕ ہوتُن ژھاوجہِ دود ہوٚن۔ سو اَس خوش زِ ووں پیٚیہِ نہٕ دشرتھس گنڈٕ ژیٚٹس ستۍ ژوٹ کھینۍ۔ییلہ سو ژوٹ تہٕ زامُت دود یِیتھ کھہس گُن درٛ ایہِ۔ تمہٕ وُچھ دُورِ پیٚٹھے زِ دشرتھ اوس ژھنہِ تہٕ لوکٹہِ موکٹہِ ڈوکرٕ ستۍ بالہٕ چہٕ کنہِ شیلہٕ ژٹان سمری کریٚاو کیاہ زِ دشرتھ پھیرِ نا امہِ نِشہِ بازپوٚز تمی مون نہٕ۔ سُہ اوس دوہَے کھہس منٛز کاَم موکلاوِتھ بال ژٹنس گُن لگان۔

امی سٕنز یہ باورِ گی وُچھتھ یِیتۍ کینٛژٕ ولوکو اَمس ٹاٹنہٕ ژٹنۍ۔ کینٛژو گرٕہس نصیحت زِ یہِ فضول کار کرِتھ متہٕ ژٹھتہٕ زُو۔ اما دشرتھن تھووٕنہٕ کاَنٛسہِ ہنٛز کتھِ گن۔

یتھٕ کنۍ گئے وارِیاہ ؤری۔ اکہِ دوہہٕ آیہِ نہٕ سمری کھہس پیٚٹھ ژوٹ یِیتھ۔ دشرتھ رود دوہی دوہَس فاقہٕ پھرِ کاَم کراَن تہٕ بال ژٹان۔

شامس ژیری ییلہِ سُہ گرٕ ووت۔ سمری اَس پننہِ چارپایہِ پیٚٹھ منٛز ننٛدرِ شونٛگِتھ۔ سوگیہِ نہٕ دشرتھ سُند پکن بوزِتھ تہٕ ہُشیار۔

دشرتھ چھُ سونچان "یہِ نچاَر چھ سکھ تھٔچمٕژ۔ کرِن آرام"۔ سُہ لوٚگ

وون لۆت لۆت قدمو پکنہٕ۔ پتہٕ گوداَس گُن تہٕ دان اوس ژھوٗمُت۔ تہٕ
اتھ اکہِ پاسہٕ أس ژوچَن ہنٛز ژھٔر خاألی۔ ژھاوٕج أس آنگنہٕ کس
اکِس کُونس منٛز چھورِ چھورِ کران تہٕ لوکُٹ ژھاوجہ موٗنگُر اوس یلہٕ آنگنس
اورِ یور پھیران زنتہٕ کیٛاہ تام ژھاران۔

دشرتھن روٹ گوڈٕ ژھاوجہِ موٗنگُر یتھنہٕ سُہ چار پایہِ پیٛٹھ ووٗٹھ
لایہ تہٕ سمری گرِژھ ہنٛدرِ ناش۔ ژھاوجہِ ترٛوٗون گردنہِ گُدوم تہٕ تھاوٕن
ٹکِلِس گنٛڈِتھ۔ پتہٕ گوسہ بانہٕ کٕھس منٛز تہٕ طاقچس پیٛٹھ تھووُمت اکھ گور
پھۆل تُلِتھ سوچُن از کروَ یتھی پیٛٹھ گذار۔ گرونٛجہِ پیٛٹھ نتہِ منٛزٕ پھرُن
ترٛیشہِ گلاساہ تہٕ ہوتُن گرٛ وٗٹھ گرٛ وٗٹھ کران چۆن۔

ترٛیشِ چیٛتھ سوچُن زِ سمری ترٛاوٕ ہا کیہٕ ژادرِ پلواہ پیٛٹھ۔ یتھنہٕ تر
لگیٛس۔ اکِس پرٛ اٗنِس صُنٛدقس تلُن ٹھانٛڈ۔ امہِ منٛزٕ کڈن پرٛ اٗنی چار
خانہ کھیشہِ ڈٔٹاہ۔ چار پایہ نکھٕ وآنِتھ روداٗی سندِس بُتھسِ کُن وُچھان سو
أس ونہِ تہٕ تِھے کنٕ مرٕ ہنٛدر۔ اما بُتھس اٗسس لیٛدرِ ژھٹھ پھیر مرٕ۔
ژادر ترٛاوان ترٛاوان لۆگ دشرتھ سُنٛد اتھ سمری ہندِس بدنَس ستیٛ۔ تمس
باسیٛاو سمری ہُنٛد بَدن شُشرِ تیٛز ہُوٗہ۔ ''یہٕ بچارٕ چھ تھچمٕژ'' یہٕ سوچِتھ گو

دشرتھ کُنتھ تام ۔ آماتمس تۆ رنہٕ فکرِ زسمری اوس ہمیشہ باپتھ تھکُن ژولمُت ۔ صُبحہٕ کہِ وقتہٕ اوس اہنٛدِس آنگنس منٛز لگہٕ ارساتھ جماہ گومُت ۔ تہٕ تمہٕ اُسی دشرتھس تانہٕ تسلاہ دِوان ۔ پۆز دشرتھ اوسُکھ پھِرِ پھِرِ ونان " سمری چھ سکھ تھچمُت ۔ امس چھ آرام آمُت " تہٕ یِیٔنتھ گوسہٕ پنٕنہِ کامہِ۔

اکِہ دوہہٕ پھِرِ تمی باٮ۪لکی سأری پل اوک طرف ۔ اپأری درٕ ایہ شُراہ فُٹہٕ کھلہٕ تہٕ دوہِ تأجی میل زِیٹھ وتھ ۔ دشرتھس اُسی اتھ کامہِ پُورِ پنٛداہ ورٕی لگیٕمتی ۔

ووٚں چھِ لُوکن اورِ یورِ پکُن سیٚٹھاہ سہل بنیامُت ۔ گامہٕ پیٹھٕ شہرتام چھُ دُوریر کم گومُت ۔ تہٕ سرکارن چھُ دشرتھس امہِ کارنامہٕ باپتھ ینامہٕ دِتمت ۔

اما دشرتھ چھُ ازتہِ پانہٕ بناوِمژِ اتھ وتہِ پیٹھ ووٚدِنی روزِتھ پنٕنہِ سمری پرٛ اران آسان ۔ زِسمری آسہِ ژوچہِ گُٹھرِ تہٕ آیہٕ نٕٹہٕ وورِیٚتھ پکان ۔ تہٕ ووٚں لگہِ نہٕ تس کھوٗندتہٕ چھوکھ ۔ تمس ییِن نہٕ کوٚٹھۍ زلنہٕ ۔

## (۸)۔ گاش　　فارسی۔ رفعت حجازی

یہ اوسُس ڈاکٹرس نِش اچھن ٹیسٹ کرناوَنہٕ گوٚمُت۔ یتھ اتہٕ نمبر رٔٹتھ عاٚنک اَنہٕ ہا۔ اَتھی منز سمکھُم اتہٕ اکھ پرٛ ون یار آہ۔ سُہ ووتھُم "ژٕ کتہٕ یور" مےٚ تَج اٚمِس ٹالنہٕ باپتھ یورٕ بدلےٚ کتھا ہ۔

یُد وَے تمی سُند سوال سوٚ دساد تہٕ معقول اوس پوٚز اندری سوٚنچھُم امایہ پزٕ رکیاز تھووےٚ کھٹِتھ۔ پوٚز بوزی تو اندرٕ ووتھُم یہِ دلِ زِتہٕ ووٚترٕ بُنبِل۔ پتہٕ پیوم پانسےٚ ستی یہ مانن زِ یہٕ چھُس نہٕ یژھان کانٛسہِ کیا گوٚ ژھ یہِ پےٚ لگن زِ شوٚٹھ چھُ عاٚنک لاگنس ووتمُت۔ مےٚ دوپ زِ بےٚ ماووتُس مارُن یتہٕ چھِ بُڑی بُڑی لوکھ پننہٕ نظر کمزور آسنُک عاٚب ژُورِ تھاوَنہٕ موکھ کانٛسہِ نکھ اخبار یا کتاب اٚچھو نِشہ دُور رٹان بامے پرِتھ ہکن یا نہٕ۔

میون یہ سوٚنچ گو اندری زیٹھان تہٕ مےٚ توٚگ بوزُن زِ ساٚنہِن وارِ یہن کتھن تہٕ کامِن منز چھا پزٕ ہاوِ باوتہٕ تگن گرٛی اتھ حدس تام اگادِ گاٚمژ زِ اسی چھ پنٕن پان لُوکن بروٗنہہ کنہِ تہٕ پیش کرنٕچ جلبہٕ جدل کران یتہٕ ژکہِ آسانےٚ چھ۔ یتھ اٚسی رِتی، سُندِ باٚنی تہٕ عاٚب روٗس باسہَوتہٕ اٚسی گرٕژھی پزنہٕ پیٹھی گاٚٹلی، زانن واٚلی تہٕ واٚنسہِ لوکٕٹ باٚسنٕ۔ یہ چھُ پرٛتھ وِزِ دُپن دلاٚزی

تہٕ اپزِس آویز تھاوان۔

بنان چھاز کانٛہہ شخص ونہِ پننہٕ زبوٗ "مےٚ چھُنہٕ دوستی ہُند کانٛہہ لحاظ،
یہٕ چھُسنہٕ منہٕ شوٗد تہٕ کانٛسہِ بکاریُن چھُمنہٕ من پزٲن۔ اندری چھُم کینہٕ
روزان تہٕ پنہٕ نبن انگن اٲشناوَن تہٕ یارن دوستن ہُند وارِ وَتہِ تہٕ بختاوار
آسُن چھُمنہٕ وِپان تہٕ وبٕزان۔ ہرگاہ مےٚ بروٗنٛہہ کُنہِ کانٛہہ تہندِ زیادٕ
تعریف کرِ مےٚ چھ اندری رہہ ہوان۔تۄہہِ چھا ازتام کُنہِ بڑٕ گرٕچ زنانٛاہ
وُچھمٕژ یوٚسہٕ پانس روتھ کھالنہٕ تہٕ بجُر تھکناونہٕ رۄس کتھاہ کرِ۔تۄہہِ چھا
زانٛہہ کانٛسہِ نِش بہتھ وچُھمت زِسہ کیا چھُنہٕ سدِ سوٗدیاورگہٕ پاٹھی پنُن
رِژرتہٕ بیٚین ہُند بَد گنٛز راوان۔ ہرگاہ اٲسی پنہٕ نِس ورتاوس بیٚین ہنزِ عملہِ
ستۍ جان پاٹھی موازنہٕ کرَ واسہِ گژھِنہٕ شرمندگی ورآے کنہہ تہِ حاصل
تہٕ پنُن پان نوٗن کڈنہٕ باپتھ یوٚسہٕ شُرِل اسی کران چھ تتھ پتھ ووتھِ پانسےٕ
ووٚندٕ مٕژر۔اسہِ باسہِ زنتہٕ کُنہِ پاٹھرس منز بیٚین ستۍ رٕلتھ یاپانہٕ سےٕ ستۍ چھ
اسی پانس پتھ اَسن کھنٛگالہٕ ترٛاوان۔

اما اگر یہٕ انسان ہاوٕ باوُک آویز روزِنہٕ تہلہِ کرِژھ سَنابنہِ یہٕ زندگی۔
یہٕ آسیٚا مٲری منزٕ کِنہٕ ووکھہٕ باسہِ۔کیٚاہ ہسکوٗ ئنتھ۔

اوو۔ تہٕ یہٕ اوٗسس ڈاکٹر سندِس کلنکس پیٹھ۔ اکھ بُڈاہ اوس مےٚ
بڑٕ وٕنہہ کنہِ بہتھ۔ کرٕ ہنزِ اَنک لاٗرِ گتھ یہٕ بُڈٕ اوس کاٗرنوٚ مراٗوِتھ۔ منزی
منزی اوس کمن تام غوطن گرِژھتھ پانہٕ سےٕ ستیٚ گہے کلہٕ تہٕ گہے اتھ گلہٕ
ناوان۔ پنہٕ نِن فِکرن سنہٕ، کھرٕ بن شُرٕ کھی مُژراونہٕ یا کھر بن نوی شُرکھی
ترٕاونہٕ بدل اوٗسس یہٕ امی سےٕ سنیومُت۔ دپان اوٗسس امایہِ کیاہ زنہٕ
آسہِ سوٗنچان۔ منزی اوس یہٕ پنٕنی اتھ امہِ آیہٕ ہوٗرکُن وایان۔ زنتہٕ کاٗنسہِ ستیٚ
ژُوان ژُوان کتھ تام حملس روٹ اوس کران۔ منزٕی اوس اونگجہِ تمہِ طریقہٕ
گلہٕ ناوان زنتہٕ ژُونٹھ اتھس منزٕ ژناوان۔ یہٕ تماشہِ اوٗسم کینژھا خوش تہٕ
کران۔

اتھی منزٕ پیٚیم ہنگہٕ منگہ ارِکس ستہٕ اَٹھہٕ وٕہرِس شُرِس کُن نظرٕ یُس
پیٚنچس پیٹھ بہتھِ ماجہِ ہنزِ کوچھ منزٕ مےٚ کُن تھلہِ تھلہِ وُچھان اوس۔ مےٚ
باسیاو اٗسرٕ اٗسی ساٗری اکھ ارِکس سٕنے عتیٚ۔ تکیازِ انسانن ہُند اکھ ارِکس کن
وُچھن تہٕ سٕنُن چھا اکھ فطری عادت۔

اتھی منزٕ آواورِ بیا کھ بُزرگاہ۔ امس اوسنہٕ وارٕ بوزنہٕ یوان۔ یمہِ کنی
یہِ لبن داریٚن، دروازن تہٕ انسانن اتھ شاٗری شاٗری پکان اوس۔ گوڈٕنکس

بُڑس آوعار۔ یتھ پاٹھی غریبہٕ نےٚ اکھاٚ کر سُند عاریوان چُھ۔ اتھس تھپھ کرِتھ بہنووُن پانس نش۔ اتھی ستۍ ہوت یمو پانہ واٚنی خاٚر پاٹھ کرُن۔ گوڈنچہ کتھ بوزم نہٕ کہنہ پوز یلہِ اکھ بڈ بڈ ونہِ لوٚگ ژےٚ پوٚز زوونتھ۔ ژٕ ماپھُکھ میون سےٚ یار حَسن جان"۔ بیٚیس ژٕ ج زنہٕ کریکھ ہش نیرِتھ "ہتا عجیب کتھاہ چھ مےٚ اوس خیال ژٕ آسکھ کتہِ تام آیس منز دَم دار پاٹھی بسان۔" یوسہٕ تاٚجب تہٕ حاٚراٚنی یمن امہِ ساتہٕ سپز۔ سواٚسی یمہٕ اچھو تہٕ کھورَوٕ ستۍ ظاٚہر کران۔ اٚچھن ہُند گاش کم آسنگ دوکھ اٚسی یمہٕ ووش ترٚاوی ترٚاوی باوان۔ امابہ رودُس اہنزٕ کتھ وول گن داٚرِتھ بوزان۔

گوڈنیک ووتُھس "ادساٚ بابا تمہِ دوہہٕ کیازِ ترٚوُوتھ ژےٚ مےٚ ستۍ سوٗرٕ ےژٕنتھ۔ ژےٚ کیازِ کرِتھ مےٚ سو بوٚاٚری تہٕ لِکہٕ لِکھ؟"

ہُہ ووتُھس "ژٕھٕوِل کتھ بوزاتھ گے پاٚنژٕ ترٚ ہہ ورِی۔ یہ گوتہٕ تہِ گو۔ بہٕ نباچُھسےٚ نہٕ ژےٚ رَاہ کھاران۔ مےٚ چھ ونہِ یاد زِ اکہِ دوہ اٚسی اٚسی اِکہ وٹہٕ بہتھ کتھاہ باتھاہ کران۔ اٚسی اٚسی تنخاہ نہٕ دِلس پٹھ ماٚلِکہٕ سندِ ناوٕ یفران تبفران تہِ ونان۔ اتھی منز آوو وزیرِ سُند نفرتہٕ بہ نیوٗس نا دِتھ۔ اورٕ واپس یتھ ووٚنمےٚ زِ مےٚ چُھ خُراسان گژھنگ آڈر درٚ امُت۔ یہ بوزِتھ

گےٚ ژےٚ اکہِ رنگہٕ بیٛاکھ رنگ۔ امہِ ساتہٕ ماسینٛوس۔ آما پتہٕ توٚ رُم فِکر ژےٚ کیاز ڈٕجی نَس۔

مےٚ زون زِ شاید چُھ میونُے قصور۔ دوستی پتھٕ اَسہِ ناپوٗرِ پژھ۔ تہٕ چِھ منزلو کھمے سورُے باَنہٕ باَنہٕ۔

ژھوٚٹ بوزِ۔ تمی دوہہٕ پتھٕ دُور یاکھ ژٕ مےٚ نِش۔ وار یاہ چِھ لیچھم اِکس تہٕ دُنتھم نہٕ جواب۔ اکھُتے بوزُم ژٕ اوسُکھ میٛانہ ناوٕ بد رَد تہٕ ونان۔ مےٚ گوچون یہ مزاز تہٕ فطرتُ چھتھ سرِ زِ ژٕ کوٗتاہ کینہٕ وَرتہٕ شٹھہٕ چُھکھ۔ حالانکہ چانہٕ دادِ اَسہِ واَنج پھٹنس آمژ۔ پوٚ زکرہا کیٛاہ؟ سونچان اوسُس زواہی خدایہ یہ کیٛاز گوس اتھ دُمہٕ دامہٕ چہ نوکری مُتی مُتی۔ یار! کیٛاہ وَنے مےٚ کمہٕ کمہٕ دوکھ تہٕ دولابہٕ پیٚیم ژالنیٚ"۔

ہُہ بُڈ ووتھُس وُٹھ کمہٕ لاَوِتھ ہُوٚ۔" ہتا یہِ کیٛاہ چُھکھ ژٕ ونان۔ مےٚ اوس بوزمُت زِ ژےٚ تُلتھ نبر گرِ ھتھ سبٹھاہ فاَیدٕ پتہٕ تراَوِتھ نوکری تہٕ وون چُھکھ تھوٚدکارِ بارکران۔ اہنساَ ییلہِ مال آسہِ تیلہِ چھ پانَے وتہٕ یوان۔ یہ گوتھند دُبن باتےٕ چھ بہانہٕ۔ اتہِ نہ چُھ گاٹہٕ جار چلان نہ قاَبلیتھ۔ واہی اگر تمہِ دوہہ وزیرمِچ سو نوکری دِیہِ ہا۔۔۔ کیٛاہ وَنے بایہ

سوٗرے چھڈ ہکہٕ پوٗرن"۔

ہُمی ترووبڈِ ہٹہ اسُناہ تہٕ ووتُھس "خدایس پتھ چھکھ تٔتھے یُتھ پانژ
ترٛ ہہ وری برٛ ونہہ اوسکھ۔ رژھ تہٕ چھکھنہٕ بدلیومُت۔ دپان چُھس
پیتھن وری ین کوتاہ اٗسی اندری للُومُت۔ کیا ونے اتھ سفرس دوران
کاٗتیاہ غاٗیلہٕ آم بُتھہِ۔ گرٕ واجنی گُذرے یم۔ نچوٗس درٛ ام شُتلی تہٕ موٗد۔
پانٔس گاٗم کاٗڈی خراب۔ یمہِ کٔرِ اِستیفہٕ دُبن پیوم۔ مکانہٕ کُنم تہٕ سُہ رقم
موٗتُھم دون وری ین یڈٕ یہِ کم کاسہ رودسُہ لوگم کارِ بارس۔ زانم پان اتھ
منز کمہٕ کمہٕ دوکھ ژاٗلم۔ ترٛیہِ لٹہِ ووتُس دے وول کڈنس تہٕ اتھن
پھوکھ دوان بچوس۔ پوٗ زہے بوزکھ ازکل تہٕ چُھس دولابہٕ نے منز"۔
ہُمِس زنتہ ژج کرِبکھ نیرتھ "ناپوٗز چھکھا ونان وٗں چُھے نا کُنہہ
رودمُت"۔ یہ لوٗگس زہرِ خندٕ کران ونہِ "حسن جاناژ روزخوش تہٕ دل تھا
وڈنجہِ بہٕ چُھس چانہٕ کھوتہ غریب۔ دوستی منز نباگرِژھنہٕ امیری غریبی تہٕ
وقت برٛ ونہہ پکنہ سیتٕ فرق پینٕ۔ ولہٕ یہ غم ترٛ اوَوزِ کمی کوتاہ زیون تہٕ کوٗت
ووت۔ تکیا زامی اَز روٗنی چھ سانین دلن منز یوٗتاہ کھوچربوٗ رمُت۔ ولہٕ
سوٗرے مشراوَوتہٕ پتم یمہٕ کُنہہ دوہ کڈو یکہٕ وٹہ۔ اکھا کس سیتٕ کروس کھچ

مہِچ کتھاہ باتھاہ اماتھ شرطس پیٹھ رٕ آیہٕ تھاوکھ نہٕ اندی روٹ۔ یتھ دوستی ہُند مزٕ وُچھکھ۔

ہمُی ترٛ وود خجِل زٕد گرٕ ھتھ کلہٕ بوٚن تہٕ لوٚگُس وننہِ ''ژےٚ ہبا اوسےٚ بلیٖ وہمہٕ۔ پوٚز زِ کیٚہِ پیٹھ ترٛاو یمہ سأری ملالہٕ۔ ژٕ وُچھکھ عہد تہٕ بجأیٔ چھنہٕ کتھےٚ امہِ کھوتہٕ تھوٚد تہِ ہے کانٛہہ چیز آسہ بہٕ دِمہٕ تتھ تہِ چانہِ باپتھ لتھ۔

یمہٕ گرٛاو تہٕ گوندی، ووش تہٕ واہی، پشیمأنی تہٕ ژھوٚنمُت یارانہٕ دُبارٕ ڈرراوتُک حال وُچھتھ آےٚ مےٚ اوش ٹأری برِتھ تہٕ لوٚگُس پانس ستی سونٛچنہِ زِ بہٕ آیوس یوٚت کلہٕ چھن اچھن گاش انہٕ نہِ پوٚز یتہِ آیم دلہٕ چہٕ اچھ مژراونہٕ۔ کُتھ عبرتُک سبق تہٕ گاٹہٕ جار چہٕ کتھٕ بوزم۔ اگر یمہٕ کتھٕ سارِوے بوزٕمژ آسہن دنیاہ بنہِ ہے مایہ محبتُک اکھ پوشہِ باغاہ۔ مےٚ کرٕ نیت زِیوٚرِ نیرِتھ یتھ جایہِ تہِ دوستی ہُند پن ژھوٚنمُت آسہِ۔ تتھ دِمہٕ واٹھ تہٕ یتہِ دوستی موجود آسہِ تتھ کرٕ درٛیر۔

اتھی منز آو ڈاکٹر سُند ملأزِم تہٕ لوٚگ یمن کُن وننہِ ''ادھض تہٕ

ژے کیٛاہ دلیل چھِے گوڑٕنٛک بُڈٕ ووتھ تھوٚد تہٕ درٚ اوٕلی وٕلی امس پتہٕ۔ حسن جانس کھٔرٕ ژکھ تہٕ دُتنٛس آلوٗ "بہہ پَتھر۔ گوڈ گژھ بہٕ۔ خدایس پتھ مےٚ چھُ اچھن تُر ووتھمُت ژے کوسہٕ بلاے چھِے پتہٕ"۔

گوڈنٛک بڈٕ پھیورَ پتھ گُن "وُچھتھا حَسنا۔ پھیوُرکھ نابیہ۔ ول ماسأ" مےٚ توٚگ بوزُن زٕ ژواپور چھ گٹہٕ تہٕ گاش چھ ژھُومُت۔

(۹)۔خدایہ ؕسنٛدِ ناوٕ                اردو۔ڈاکٹرفوزیہ خانم

المدد ٹرسٹن اوس لکھنؤ شہرس منٛز یتیم شُرین ہنٛزِ بجاَیی باپتھ اَکھ عالمی مشاعرُک سنٛز کوٚرمُت۔ یتھ منٛز مُلک تہٕ مُلکہٕ نیبرِ میٚین مشہور شاعرن دعوت اوس دِنہٕ آمُت۔ مےٚ ہوٚس نہٕ زانن وٲلِس تہٕ چھ لُوکھ شاعرن منٛز شمارس تھاوان۔ اوَے آومیتہٕ دعوت نامہٕ سوزنہٕ۔ شعرِ محفل اَس شامس داہ بجے شروع سپدن واجنۍ۔ اکھ شخصاہ آو اکِس شاندار لکژُری (Luxury) گاڈِ منٛز۔ تمس ستۍ آسہٕ بیٚیہٕ تہٕ زٕ ترٚے کارٕ۔ گرٚے رنگہٕ سُوٹ، سپورٹ بُوٹ تہٕ اَچھن پیٚٹھ کرٛہنۍ عاَنکھ۔ اَکی نفرن واتنووُسہٕ تھپَھ کرِتھ سٹیجس پیٚٹھ۔ مےٚ نکھٕ اکھ وٲنسٕٹھ بزرگ ووتُھم "وُچھو مہمان خصوصی جگدیش شاہین صاَب کوتاہ چھ وقتک پابنٛد۔ یہ ووت دُونی دہہِ بَجہِ"۔ بہٕ گوس حاَران زِ اکھ مشہور تہٕ ناماوار شخص تہِ ہیکیا وقتُک یوتاہ پابنٛد اَستھ۔ پتہٕ سوچُم زِ امس ما آسہِ شاعری ہُند شوق یمہِ کنۍ وقتہٕ برٛ وتھے ووت۔

مشاعرِ گوشروع مےٚ پیٚیہ جگدیش صاۓنس بُتھس کُن نظر۔ اتہِ آم نہٕ کانٛہہ تُتھ تاَثُرلبنہٕ۔ یہ اوس نہٕ پےلگان زامسِ چھا شاعری منٛز کانٛہہ مزٕ

باسان کِنہ نہ۔ یہ وُچھتھ گوس بہ کمن تام غوطن تہٕ پنُن سُہ کلام گوم وأری
یُس مے اتہٕ پرُن اوس۔ اما شأعرن کیاہ جمگٹھ وُچھکھ زورٕ زورٕ ژرِپوٚپ
کران تہٕ شار (شعر) چھکھ پانے وُزان۔ خأر۔ مے تہِ بوز نوو پنُن
کلام۔ پرٚوگرام اٹھ واتنس پیٚٹھ آو جگدیش صأب سٹیجس پیٹھ۔ بوزن
والیٚن سلام تہٕ آداب پیتہٕ کریٚن کینٛہہ رسمی کتھہٕ۔ تہٕ ژٚسٹہِ کس منیجرس کرٕن
پنٛژہن (50) ساسن ہنٛز اکھ چیک عطیہِ رٕنگی پیش تہٕ ووتھ سٹیجہ پیٚٹھ بوٚن۔
جگدیش صأبنی پُراسرار شخصیت بنیہِ میانہ باپتھ اکھ پرٚیژھ
ہِش۔ مے سوٗنچ بہٕ کرٕ ہا مولوٗم یہ شخص چُھ کُس؟ ناوتہٕ اڈٕ سُند کاردوشوے
چھ پرٚیژھے باسان۔ رات اُس ژٕیر گامٕژ۔ سأری اُسی دزٕ امتی۔ میأنی
پأٹھی سوٗنچن وألی تہٕ یرادٕ تھاوَن وألی کٕژ تام نفرٕ اُسی سٹیجس پیٚٹھ پتھ
کُن رودی متٕی۔ اما مے کوٚر ہیٚتیم شرین یوتاہ بوٚڈ رقم دِنہ باپتھ جگدیش
صأبس نکھہٕ گژھتھ شکریہ۔ تمی دُتم اسہٕ ونہِ موکھ جواب زمے کوٚسہٕ ترٛژھ بڑٕ
کأماہ کٕر۔ یہِ کٕراکی یٚتیمن بیٚین کینٛژن یٚتیمن دِلہٕ ژھنٛچ اکھ کوشش۔ مے
وونمس "مے زنہٕ ترٛنہٕ تھٕنٛز یہِ کتھ فِکرِ"۔
سُہ ووتھم اُسی چھ نکھہٕ تلہِ کس ہوٹلس منٛز ٹھٔہرتھ۔ ہرگاہ تو ہہِ

بیٚنِس جایہ۔ دون ترٚین دوہن رودُس اَتھ۔ تُریمہِ دوہہٕ وٲتۍ میانہِ گامکۍ
لڑکہ مےٚ ژھانڈان ژھانڈان اوٚت۔ بہٕ اوسُس امہِ وِزِ شونگتھ۔ تمہٕ
اٲسۍ مےٚ آلو آلو کران۔ بہٕ گوس ہُشار تہٕ وونمکھ بہٕ چُھسو ییٚتتھ۔ تمہٕ آے
وٲلۍ وٲلۍ مےٚ نِش تہٕ لگِم وننہِ "اسہِ دِژِماٚ فی اسہِ رودنہٕ چون دیٚانَے"۔ مےٚ
وونمکھ کینٛہہ پرواے چُھنہٕ تہٕ تمو نیوٗہس بہ پانس سٟتۍ۔ مےٚ نِش واریاہ
پوٗنسہٕ وُچھتھ لگِم پرٚ ژھنہ "یمہ کتہِ اَنِتھ ژےٚ" دوپمکھ "مےٚ چھنہٕ خبر زِ
اورِ یورپکن وٲلۍ کیٚازِ اٲسۍ مےٚ یمہِ پوٗنسہٕ دوان"۔ تمہٕ وَتھم "ہتا ژے
ہےَ پنُن کار پانَے اتھِ اٲے۔ اسۍ آسوتھ ژٕ دوہے صبحس سٹیشنس پیٹھ
واتناوان تہٕ شامس ڈیرس پیٚٹھ واپس نوان"۔ ووٚں اوس یہوے میون
کار۔ اکِہ دوہہٕ آونہٕ کانٛہہ تہِ مےٚ واپس نِنہٕ باپتھ۔ مےٚ زون زِ بہ چُھس
بیٚیہ تمن مُشِتھ گومُت۔ ترے دوہ تہِ گےتو تہِ آونہٕ کانٛہہ۔ بہٕ بیوس اتھی جایہِ
اتھی منز آوا کھ شخصاہ مےٚ نکھہ تہٕ لوٚگ وننہِ "از کیٚاز گوکھنہٕ ژٕ گرٕ"۔ مےٚ
ووٗنمس "یمہ مےٚ نِنہٕ باپتھ یوان اٲسۍ تمہٕ آے نہٕ از"۔ تمۍ پرٚ ژھنم کتہِ
چُھکھ روزان"۔ مےٚ اٲس نہٕ خبرے۔ فقط اوسُم تمو فیکٹری ہُند ناو
وونُمت۔ تمہٕ اٲسۍ کتھ تام جنتا فیکٹری منز کاٗم کران۔ تمۍ وونم تتھ فیکٹری

لۆگ ترٛ ے دوہ برٛ وٗنہہ نارتہٕ واریاہ مُزوردیٔ زِنٛدے یہ وٕنتھ ییلہٕ سُہ
درٛاو بہ لۆگُس ودنہٕ۔ بہ اوٗسس ودانۍ زِ اکھ زنانا آیہ اپاٗرۍ تہٕ وونتم ژٕ
کیازِ چھکھ وَدان۔ مےٗ وٗنۍ تس پننۍ ساٗرۍ دلیل سو وٕژھم گۆبرا۔
پرواے مہٕ کر۔ میٲنۍ چھنہٕ کانٛہہ۔ بہ چھس کُنۍ زٕنۍ۔ ہرگاہ یژھکھ ژٕ
ہیکِکھ مےٗ ستیٚ روزِتھ۔ بہ گوس تمس ستیٚ۔ أسۍ أسۍ دوشوٕے بیچھان تہٕ
شامس گرِ گژھان۔ سوٲس مےٗ پننہٕ ماجہ ہندِ کھوتہٕ رَچھان۔ أسۍ
دوشوٕے ماجہ پۆتھرِ لگۍ آرامہٕ سان دوہ دوہ کڈنہٕ۔

پتہٕ ییلہِ سو وارِ وارِ وٲنسہِ ستھ کمزور گیہ۔ مےٗ دُتنہٕ تمس گرِ نیٚبر
نیرنہٕ۔ دوپمس ژٕ کرگرِ آرام بہٕ چھس دون ہنٛدِ باپتھ سیٚٹھاہ۔ میٲنۍ کتھ
مانٛنتھ بِیٹھ سو گرِ۔ سوٲس مےٗ کھیٚن ستیٚ دِوان۔ بہ اوٗسس دوہۍ دوہس
''دِبایا۔ خدایہ سندِ ناوِ کینژھا۔ دِ راہِ خداہ'' ونان روزان تہٕ شامس
اوٗسس ماجہِ نِش واپس واتان۔ یہ کینژھا دوہس بنہٕ ہم تہٕ اوٗسس ماجہ
برٛ وٗنہہ کنہٕ تھاوان۔ اکہِ لٹہِ گیہ سو سکھ بیٚمار۔ میٲنۍ ترٛووٕ سٹیشن گژھُن یِتھ
اِمِس خدمت کرہا۔

اما سو روز دوہ پتھ دوہہ پتھے گژھان۔ اکہِ دوہ نیُونس پانس نکھٕ

نادِدِتھ تہٕ ہسۄتم وُنن۔ ''گو براوۄن پۆچھ میون زندروزُن مشکل ژکری زیٖنہٕ پرواے۔ میانہٕ مرنہٕ پتہٕ ترٲوی زِیہ کارتہٕ کانٛہہ بدل کٲماہ کرِتھ کٔری زِعزتچ زندگی بسر۔ پتہٕ وونتم چار پایہٕ تل چھی صندوقس منٛز تہٕ بسترس اندری مےٚ چانہٕ باپتھ سیٹھاہ کینٛہہ تھوومُت۔ میانہٕ مرنہٕ پتہٕ اٲنی زیٖن کانٛہہ وکیل تہٕ میون وٚصیت نامہ پَرناوی زِ۔ ''امہٕ پتہٕ دوِیہٕ دوہہٕ گیہ موج مُرتھ''۔

وۄں اوُسس بہٕ کُن تہٕ کیول۔ نہ پتہٕ کانٛہہ تہٕ نہٕ برٛ ونٛتھ کانٛہہ۔ کینٛژن دوہن رودس اتھی پہرِ منٛز ودان۔ فکری اوُسم تہٕ تران کیاہ کرٕ۔ اتھی منٛز پیٚیم ماجہ ہنز کتھ یاد۔ صندوق مُژ روۄم تہٕ امہِ منٛزِ درٛ اوا کھ کاغذ۔ مےٚ پیوٚ یاد شاید اوس ماجہ یہوے کاغذ وکیلس ہاوُنہٕ باپتھ وونمُت۔ صندوق کۆرم بنٛد تہٕ ہیوٚتُم بسترس اتھ ستۍ شارُن۔ اتہٕ اوُسم نہٕ کینٛہہ باسان۔ ہنگہٕ منگہٕ پیوم اتھ شانٛدِ گۆندِس پیٚٹھ۔ مےٚ باسیاو اتہِ چھ کیٛا ہتام۔ اتھ ژوٚٹُم گۆل تہٕ اتھ منٛز آسی وارِیاہ پوٚنسہٕ۔ مےٚ پیٚیہ سومو ج سکھ یاد۔ یمہِ پننۍ زندگی سیٚٹھاہ سختی منٛز گُذٲرِیتھنہٕ تمۍ سِندِ مرنہٕ پتہٕ مےٚ کانٛہہ تکلیف واتہِ۔ تمس اوسنہٕ میون بچھن جان باسان۔ توٚے اٚسیم ونان میانہِ مرنہٕ پتہٕ کری زیٖیہ کانٛہہ کٲم تہٕ یہ کارترٛ اٚوی زِ۔ تمہِ ساتہٕ گومےٚ

احساس زِ اتھی ما آسَن ناجہ ہنٛز ماے ونان۔ تمی سۅنز یاد یتھ رودُس بہٕ
ژیرتام وَدان۔ بہ رودُس وکیل ژھانڈان۔ اما کانٛہہ وکیل اوسنہٕ مےٚ
غریب زانٛتھ میانہِ پھرمنز یِنہٕ باپتھ تیار۔ وارِیاہ وون دِنہٕ پتہٕ سمکھُم
جانسن ناوی اکھ وکیل مےٚ وون تمِس میون گرٕ یِنہٕ باپتھ تہٕ دوپمس مےٚ چھ
توہہِ کینٛہہ کاغذ ہاوٕنی۔ توہی یُوتاہ فیس منگو بہ چھُس اداکرنہٕ باپتھ تیار۔
سُہ آو مےٚ ستی۔ مےٚ تھو وصندوق امِس برٛ ونٛتھ کنہِ کاغذ وُچھتھ دوپھم "زٕ
فلیٹ (flat) چھ چانہٕ ناوِتھا ونہٕ آمتی"۔ امہِ پتہٕ ہاوِی مس پوٚنسہٕ۔ تمی
گنٛز وانٛوی تمی ساتہٕ تہٕ دوپنم یمہٕ چھ ژتجہہ (40) لچھ روپیہ۔ مےٚ پرٛژھ
وکیلس زِ مےٚ دِیتو مشورٕ مےٚ کیٛاہ پزِ کرن۔ وکیل اوس ایماندار تہٕ رُت
انسان دوپنَم ژٕ کر شیٔر (share) حاصل۔ مےٚ دوپمس مےٚ چھنہٕ
پرٛھن کامیٛن ہنٛز کانٛہہ زان۔ اگر ژٕ میانٛی رقم پننس کاربارس منز استعمال
کرکھ تہٕ روزِ ہا زیادٕ جان۔

تمی دوپنم مےٚ نِش چھیٚ نہٕ کینٛہہ۔ بہ چھُس مشکلن شہرس منز گذارٕ
کران۔ وکالت چھمنہٕ زیادٕ جان چلان۔ مےٚ کوٚر جانسن صأبس پیٛٹھ
بروسہٕ کرِتھ سورُے رقم تمِس حوالہ۔ تہٕ دوپنمس یتھ پانٛژھی تگی ییتھ پانٛژھی

کریہ رقم استعمال تہٕ نفٕہس گونیصفا نیصف۔ سہٕ گو تیار۔ مےٚ دُبت اکھ فلیٹ کرالیس پیٚٹھ۔ دویمس منٛز اوٗسس وکیل ہِندیٚن شُریٚن باژن ستۍ پانہٕ روزان۔ وکیل اوس سیٹھاہ تجربہ کار تہٕ زانہٕ وُن۔ تمۍ ہوٚت اتھ رقمس شیٚر (share) سہٕ اوس سیٹھاہ محنتی۔ یمہِ کنۍ اٗسۍ یتھ درجس وٲتۍ۔ وکیل چھ ازتہِ مےٚ کارِ بوج۔

ماجہ ہندِ دٲے خاٗرِ چھِ ازمےٚ نش زٕ فایٔو سٹار ہوٹل فیکٹری بونگلہٕ بیترِ۔ بہٕ چھُس پنہٕ تمس ماجہ ہندس ناوس پیٚٹھ زٕ ڈگری کالج تہٕ اکھ یتیم خانہٕ چلاوان۔ تہٕ ازکل چھُس کروردادن ہنٛدِ جاداد ُک مأ لِک۔ ووں چھُس بہٕ پنہٕ نیٚن شُریٚن باژن ستۍ روزان۔ توہۍ اٗسو میون ناو بوزِتھ حاٗرتس گژھان۔ مےٚ چھ یہِ ناوامہِ کنۍ تھووُمت تکیا زِ یمس ماجہ بہٕ زامُت چھُس سوٗاٗس ہندو تہٕ یمہِ بہ ازتام روٗ چھُس سوٗاٗس مسلمان۔ توٗے رلوومےٚ توبُر کہٕ رنگۍ تمۍ سُند ناوپنِنس ناوس ستۍ۔ مےٚ چھ پنہٕ نیٚن شریٚن ہندیٚن ناون ستۍ تہِ یہِ ناو تھووُمت۔

نچوٗس چھُم اَجے شاہین تہٕ کورِ دیپالی شاہین ناو۔ بہٕ چھُس تمۍ سےٚ ماجہ ہنٛدی لوٗلِن تہٕ دأے خاٗرن یتھ درجس وانوُمت۔

## (۱۰)۔ووۮرۍ باے اردو۔ممتاز شارِق

وِیمنز کالجہٕ کِس اکِس سیمِینارس منز لجہٕ تمۍ سۭنزٕ نظرِ بی۔اے فائنل چہٕ اکِس کورِ غزالہ کُن دَرَس۔غزالہ سٕنز تنظیمی صلاحیت، گرُپ لیڈرشپ تہٕ امۍ سُند تقریر تہٕ تحریر کوٚر امِس سکھ خوش۔

گرٕ وأتِتھ ییلہِ رضیہ بیگم پننس خانٛدار پروفیسر عابد علی انصاری یَس غزالس متعلق ونان اُس۔ تمس گیہِ ہنگہٕ منگہٕ ژھوپہٕ ہش تہٕ اکھ زیُوٗٹھ ووشاہ ترٛ اوِتھ لُجس ونہِ ''خبر چھا سیّد امتیاز الحسن تہٕ تمۍ سندۍ آشناو کرنہٕ غزالہ سُنٛد رشتہٕ انصاری فیملی منز قبول کنہِ نہ؟'' تریشہ اوڈ گلاساہ چیٚتھ لوٚگُس عابد علی ونہِ ''چون سوٗنچ تہٕ چھُ صحی۔امایوٚ تام مےٚ خبر چھ امتیاز الحسن سٕنزِ بجہ ہشہِ کورِ چھُکھ پنہٕ نِسےٚ قبیلس منز کورمُت۔دوٚیم چھکھ جمشید پورٕ خان برادری منز باگہِ آمٕژ۔مےٚ چھُنہٕ باسان زِ میانِس کُنِس تہٕ قابل انجینئر نیچوِ سنٛد رشتہٕ کیا آسِنہٕ تمن قبول''۔ژھٕرِس گلاسس ترٛیش پھران پھران وزٕھس رضیہ بیگم ''میون مطلب چھُنہٕ شیخ،سیّد،صدیقی یا خان آسنُک۔اصل کتھ چھ انصاری آسنٕچ۔الہٕ پلہٕ چھ ساری خاندان پانہٕ وأنی رِشتہٕ کران۔شیخ خاندانس ستۍ سیّد یا صدیقی، شیخ تہٕ خان مگر انصاری

خاندانس ستیٚ چھُ آمہِ خاندانہٕ نیبر خالے کانٛہہ رشتہٕ سپدان۔ اَوے چھُم وسواس ہُیوٚ گژھان۔ پروفیسر علی یَن ہیوٚت عاٗ نک اچھن پیٚٹھ تھاوان تھاوان لوٚتےٚ وَنُن ''بس اتھی پیٚٹھ چھکھ ژٕ پریشان گاٗمژٕ رشتہٕ چھ تورَ ے طے سپدان فقط چھ ووٚن دِنٕچ کتھا۔ ژے دُتنٕتھ پننٕ کنہٕ سارنےٚ آشناون منٛز ووٚن۔ اما کانٛہہ کوراہ کھژٕ ے نہٕ ٹارِ۔ اگر شاہدس ستیٚ غزالہ سُند تقدیر آسہ۔ تہٕ جانےٚ گو۔ نتہ تھاوتہٕ پننس نچوی سُند رشتہ ژھانڈُن جاری۔ اٗسی کرو اٗزی شامس امتیاز الحسنس ستیٚ اتھ بارس منٛز کتھ۔'' یِی وَنان وَنان گو عابد علی پننس کمرس منٛز۔کوٚج کھیٚوان ژیٚتر پروفیسر عابد علی ین رضیہ بیگمہٕ ہنٛز مایُوسی تہٕ ووٚتھس '' میڈم ژٕ چھکھ کالجس منٛز کورٕ ہن ہسٹری پرناوان۔ ژٕ آسکھ اسلاٗمی تاٗریخ تہِ زانان۔ کیٛا ساٗنِس ٹاٹھس نبی صلی اللہ علیہ وسلم آسہٕ نا کینٛہہ ازواجِ مطہّرات غاٗر قریش تہٕ غاٗر قبیلو منٛزٕ۔ تہٕ تِموَ کوٚر ناپننہِ پوپھترِ بینہِ ہُند نکاح پننس غلام حضرت زید بن حارثہ رضی اللہ عنہ س ستیٚ۔''

رضیہ بیگم لُج دستر خانہ پیٚٹھ خالی بانہٕ وٹان وٹان پریشان ہش گژِھتھ وَنہِ ''اٗزی کیٚن مسلمانن ہُند سوٚنچ چھو توہی وارٕ زانان''۔

یہ بوزِتھ لوٗگ عابد علی تَمِس مجاوِنہٕ بیگم چُون وُنن تہٕ چھ پوٗز۔ اما کینٛہہ لُوکھ چھ بدل آیہ تہٕ سونٛچان۔ امتیاز الحسن زانن یہٕ کالج دوہَو پیٹھٕ"۔

غزالہ بانو تہٕ شاہد علی سندِ کھانٛدرکِس سلسلس منٛز ہیتِن امتیاز الحسن تہٕ ارجمند بانو ستیٚ رضیہ بیگم تہٕ عابد علی سندۍ شک ڈٕسلابہ سےٚ دُور گژھنۍ۔ تہٕ دویم ملاقات سپدنس پیٹھ گو پانہٕ وأنۍ خلوص تہٕ اعتمادس درٛیر۔ پنٛداہہِ دوہی سپز کتھ صاف تہٕ عیذ ہنٛدِ پأنژمہِ دوہ وُہ (20) اگست گو کھانٛدرک تأریخ مُقرر۔ نکاح آو سیٹھاہ سادٕ پأٹھۍ جامع مسجدِ منٛز ادا کرنہٕ۔ ترٛیمہِ دوہہٕ سپُد پروفیسر کالونی منٛز ولیمہ کِس سلسلس منٛز سالُک انتظام۔ اخبارن منٛز رود واریاہن دوہن امہِ کھاندرُک ذِکر سپدان۔ شہرٕکۍ تعلیم یافتہٕ تہٕ باقےٚ بڑۍ لوکھ رودۍ دوشؤنۍ خاندانن مبارک کران تہٕ رُت کانٛچھان۔ کُنہِ تہٕ تھد پایہ تہٕ وسی پایہِ، بجرکۍ تہٕ لوچرکۍ خاندأنۍ دوسہٕ دیوار آے نِہناونہٕ۔

امہِ کھانٛدرچ زیادٕ خوشی أس پروفیسر رضیہ بیگمہِ تکیا زغزالہ أس تمۍ سنٛزِ ے پسنٛد۔ کھانٛدرچہ خوٗشی منٛز أسی دوشوے خانوادٕ تِتھۍ آورۍ زِ اکہِ

رتیکُ وق گوو چھانُ چھان نیرِ تھ۔

ازاوس شاہد علی یَس سعودی عرب واپس گژھُن۔غزالہ اَس تاوِ منز گرُن کران۔شاہدن کوٚر سارنے برونٛہہ کنہِ غزالہ ہس وعدِ زِ سُہ سوزِ سیٚٹھاہ جلد تمس عربہ باپتھ وِیزا۔ یارن دوستن ہُند اسُن گنڈُن اوس جاری زِ ریلوے کونٹر پیٹھ گوریل گاڈِ متعلق اعلان "سوارِ بوزِن دیانہِ سان۔ بُمیہ گژھن وازنی گاڑی چھ ژتجھہ (40) منٹ لیٹ۔ سوواتہِ پلیٹ فارم اکس پیٹھ سوادِ شے بجے۔ یتہِ بوزِتھ لٔج پلیٹ فارمس پیٹھ پرٚ ارن والین ٹلہِ تاج ہش۔ آخر آوسہ وق یمُک لوکن انتظار اوس۔ گیتانجلی ایکسپریس ٹھہر ییہِ پلیٹ فارم اکس پیٹھ۔ یور چو سَواریٚو ہیوٚت پننس پننس کمپارٹمنٹس کُن گژھُن۔ تکیا زِ ٹاٹانگر سٹیشنس پیٹھ اوس ٹرینہِ فقط پانژن منٹن ٹھہرُن۔ شاہد ژاو دوستن ہندِ مدِ ستی کٔہی تام کٔہی تام پٔژن بیگ ہیٚتھ ریزرویشن ڈبس منز۔ تہِ ستی درٚ ایہِ ٹرین پلیٹ فارمہِ پیٹھ وارِ وارِ برٚ ونٛہہ کُن۔ پکہ ونہِ گاڑِ منز آسی مسافر اتھِ گلناوی گلناوی روخصت گژھان تہِ پنہِ نیٚن تعلق دارن الوِ دا کران۔

ٹرین روانہِ سپدنہِ پتہِ درٚ اے ساٗری وارِ وارِ واپس۔ اڈی پنہِ

نیٚن گاڑین منز تہٕ اڈی ووٚتھی۔ رضیہ بیگمہِ ہندی ڈرٛایوَرن تہٕ اَنٛز کارتمس نکھہٕ۔ مگر غزالہ دژ ایہ پینٛس مائِلس ماجہ ہٮ۪تی تہنٛزِ کارِکُن یہ ونان ونان زِ "بہٕ گژھ پننہِ ممّی ستی"۔ یہ کتھ باسیہِ رضیہ بیگمہِ عجیٖب۔ سوٗنٛچ تمس نکھہٕ یتھ ونہِ "گوٚ براژ پکھ مےٚ ہٮ۪تی گرٕ۔ تتہِ آسَن پژھی اسی پرٛ اران۔ مالِئن گژھکھ اکہِ دو یہ دوہ۔ وُنہِ چُھ چون اسہِ ہٮ۪تی یُن ضروری"۔ یتےٚ بوٗزن زِغزالہ گیہِ نارونارتمہِ ژھنٛزِ اِخلاقی تہٕ شرافتکی ساری حد پتھ کُن تہٕ وژھس برٛ ہٹہِ "بہٕ چھس چانِس نیٚچوِ سٕنٛز زنانہٕ بہٕ چھسنہٕ ژھیٚٹی بانہٕ چھلن واجنی تہٕ ڈوٗن واجنی نوکرانٛی۔ ییلہِ میون خاوند ییہ اِدیمہٕ بہٕ وأرِو گر۔ وارِ بوز بہٕ چھس اکھ سیّد خانداٗنچ کور۔ بہٕ چھسنہ کانہہ وووٚرِ بایٔے"۔

یتےٚ بوٗزِتھ باسیاو رضیہ بیگمہ سوٗرے دنیاہ نژان۔ تمہِ سُند سوٗرے وجود گواکی دکہٕ ہٮ۪تی چھلہِ چھلہِ۔

(۱۱)۔ اِدِ کیاہ کرِ ہا          پنجابی۔کرن سنگھ طالب کشمیری

اُتّم سِنگھن ترووپرانہٕ دِلہِ منزٕ ڈیرٕ۔ییلہِ پرأنی دِل پرانێن خیالن

(وبڑارن) ہنٛز دلیٛ أس۔

اکتوبر نومبر ستہٕ تابجٕ ہچ مُزم مُزم ترہش شأنتی تہٕ دُوہُر لوکُٹ

موکُٹ جگتار کھو نہٕ۔اُتُم تہِ اوس بێین مہاجرن ہندی پأٹھی ریلین ہنٛز

ژِلہٕ ژرٛ یچہ منزٕ ہہٕ یتھ کہی کہی تام یۆت ووتمُت۔

پنٛز بوچھ تہٕ تھکُن اوٗک طرف تراوِتھ اوس تمس جگتار نہِ بوچھ تہٕ

شانتی ہنٛدٕ ارمانن ہُند جاہ محسوس گژھان یمہِ کنٛی تمس رأ ژوادن

ہِند رأس دزان۔

پأکستانس منزٕ پتھ کُن ترٛ ومُت زمین جاداد عأش تہٕ ارام یاد پێٹھ

اوس راتس دوہس ووش ترٛ اوان روزان۔پناہ گزین بند تہٕ تنگ کمرن منزٕ

شانتی ہُند تلواس ووتھن تہٕ جگتار سند دودٕ پھیرێن ترسُن اوسُس نہٕ أچھ

پیٹھ أچھ کرنہٕ دوان۔اُتَم سِنگھس کتہٕ گژھ ہے یہ کینٛہہ برداش۔سُہ اوس

سُلہِ صبحٕ فاقہٕ پھکرٕ نیران۔دوہس اور یور رٹس تہٕ عُرقس گُنےٚ کرِتھ عیالہٕ

باپتھ اوذقہٕ کماوان۔امامہِ عکرٕ تہٕ کوتاہ کال چلہِ ہا۔شانتی ہنزِ کوچھ منزٕ دودٕ

موصوم جگتار سند ژھبتہ گرٕھن لگتھٕ کرہا برداشت۔ تمہِ رٔٹ کرایس پیٹھ اکھ

اتھہ ریڑی تہٕ ہیرٕن اتھ پیٹھ کوچہ کوچہ ژوچہ بتیر کِنہٕ۔ پیٹھ کنہٕ ہیرٕ امہِ

دون وقتن ہنز ژوٗٹ پکہ ناوٕنی۔ اِدٕ وٕچھان وٕچھان ہیرٕن امہِ سٕنزٕ ریڑِ

اندی اندی لوٗکن رٔج لگنی۔ اُتم سِنگھس ہوتن غمن تہٕ دوکھن ہنا لوٗژر

گرٕھن۔ تمہِ آسی کٔنہٕ وٕہ شتھ تہٕ ستہٕ تاٹجہٕ ہِکی خوفناک فساد پنہ نو اچھو

وٕچھمتی۔ وژھو چشمواوٕسس موصوم شرین کترِ بتہٕ گرٕھان، ماجن بینین

ہٕند پننی شرم رَچھنہٕ موکھ تہٕند کریرین تہٕ دریاون ووٹہٕ لایاں تہٕ ژودوان

وٕچھمت تمہِ آسی بزرگ تہٕ جوان قتل گرٕھان وٕچھمتی۔

یتھہ زندگی منز یتہِ تمہِ مأرلس ماجہ ہنزِ لول تہٕ مأے وٕچھمٕژ آس تتہِ

اوس سُہ پنہ نِس وٕچھس منز انیکھ دوکھ تہٕ دأدی تہِ للہٕ وان۔ اَتھی ہودہرِ

منز پیٚو أہنٔدِ گر بیا کھ نچو سنتو کھتھنہٕ۔ اُتّم سنگھن بنوو نِو دِلہِ منز اکھ بوٗنگلہ

تہٕ گوپرٚ انہِ دِلہِ پیٹھ توٚتے بَسنہٕ۔ ریڑی ترأوِتھ ہوٗتن ہوٹل چلاوٗن۔ اَتھی

ستی دٕت وقتن بیا کھ ووکھ ڈٕلن۔ یوسہٕ سِر بوج خاندارینز دوکھس سوکھس

امس لرلوٚر روزمٕژ آس۔ سوأسس از بُجرِکس گوڈ نِکسے پَراوس پیٹھ

ژھینہٕ گأمٕژ۔ دیان چھنا جوأنی منز گرٕھہ نہٕ زنانہِ خاوند تہٕ بُجرس منز نہٕ

خاندارس زنانہٕ راوٕنۍ۔ گنہٕ وُہ شتھ تہٕ ژٕ ویہ سیٹھہ کس سکھ مخالف فسادس منزگیہ اُتّم سنگھس یہ ڈکھہٕ لوراتھہٕ۔ اتھ فسادس منز لُج شانتی شُرین چھپہ۔ تہٕ اُتّم سنگھس ژٕ ؤل ڈکھہ نیرِ تھ۔ امی غائیلن پھُٹر امس کمر۔ امی کوٚر ہوٹلک کارٕ بار تہٕ انتظام شرین حوالہ۔ زُ واڈٕ لبوک گرٕ ھنہٕ کنٕی گوسہ زیادے موزُور۔ تمی دُہت نہٕ تہٕ کرِتھ تہٕ شرین ماجہ ہُند ژٕ ھریٚر موحسوس کرنہٕ۔

دوٕشونٕی بإے بارنین کورن سیٹھاہ چکہ چاوٕ سان کھانٔدر۔ وون لگی تمہٕ پنہٕ پنہٕ نبن گرن ستی آوری۔ تہٕ اُتّم سنگھ ہوتن وارٕ وارٕ سوتُن۔ بأے بارنی درٚ اے ہبون بوٚنم پورآو جگتارس حصہٕ تہٕ منزِم پورروٹ سنتو کھن۔

اُتّم سنگھ آو رشانشہ بیٚمار۔ یمہٕ کنٕی سُہ گرِ اوس کھےٕ پھن نیران۔ بیٚمارِ ہنٛز سختی کنٕی اوسنہٕ سُہ پھیرِتھ تھورِتھ تہٕ ہبکان۔

دوٕشونٕی بارنین أسی وِن پننی شُرِ تہٕ جوان وأتی متی۔ تہٕ گرک بار اوسکھ زیادے ہُر یومُت۔ زِیر گوچھ وونمت لیس بہ زاس تسی بہ ٹوٹھ یُس منٛ زاوسُے منٛ ٹوٹھ''۔ یہ چھنٕی کتھاہ زِ سنتو کھ تہٕ جگتارسنٛز ساَرِ ے کل أس وِن ین پنیٚن شُرین گنٕے۔ اتم سنگھ اوسنہ وِن سکھ شانٛش ہُرنہٕ کنٕی

کانسہِ نِش بیہِتھ تہٕ ہبکان۔

جگتارنی زنانہٕ وژھ اٲخرا کہِ دوہہ تنگ یتھ پنہِ نس خاندارس ''از تُل بابا جیَس ژاسہِ سکھ ستیچہِ سہٕ اوس نہٕ شہہ تہٕ ہیکان کھاٲلتھ۔ پننی کنی دِژاس دواہ تہِ۔ پیاٲری اٲسم بڑہش بینہِ آمٕژ۔ یُتھے اسہ بتہٕ ہوت کھون اتھی منز آو بابا جیس بلغم ووتھتھ زِدیدی دراو بتہٕ نستہِ کنی۔ تمہٕ کھوٗے نہٕ کینہہ۔ مے چھ باسان بابا جیس تراوٲسی سنتو کھ سندِس کھوورس کمرس کُن چارپاے۔ یُتھ سہٕ کُنہِ کھینچلہٕ ورٲے تتی ارام آسہِ کران۔

دویمہٕ دوہہ بیوٚٹھ اُتّم سنگھ کھوورِس کمرس منز ژھوپہ کرِتھ۔ کینژن دوہن وولس جان پاٲٹھی کھبن چبن۔ اما وارٕ وارٕ ہوتُن کھبن خوردنی واتنس ژیرلگُن۔ امہِ پتہٕ کینژٕ دوہی لاٲجی باٲے بارنو ماٲلس کھین چن دِنس واٲری پتہٕ ہوتن وارِ وارِ بیٚہ کھبن واتنس ڈیجر لگُن۔ اما اُتمّ سنگھ رود یہ سورے برداش کران۔

اکہِ دوہہ اٲس سنتو کھ سنگھنہِ گرِ پرٛژھین ہنز سکھ ترٛپہ ترٛپھ اَتہِ اٲس خوب رنہٕ پہوٚے تہٕ گاشہِ زُول۔ اپارِ اوس اتم سنگھ ژاسہِ ستی ژھرٛٹہٕ ژرھرٛٹھ کران۔ تمس اوس بلغم ووتھتھ یوان تہٕ پرٛژھبن اوس سال ہوٗنبن

حرام گڑھان ۔ اَتھ پیٹھ آو پگاہ اُتم سنگھ بر اَرِ کانی پیٹھ کھالنہٕ ۔ یوتاہ تھدِ مکانہ پیٹھ وُسن گھسُن اوس تمہٕ سندِ باپتھ اسمانس آب کھالُن ۔ تمی سنٛز حالت اُس قابلِ رحم بنے مژٕ ۔ شأنتی ہُند لول، یاونکی تمہٕ ژٕہی تہٕ ساتھ، ستہٕ تأجھکی فسادات تاپہ کرّ ایہ زٹھچ تہٕ ہارچ کرائے، دِلہِ ہنٛدی پرٲنی تنگ کوچہ گلی ۔

سُہ اوس سونٛچان زِتمے دوہ اَسی اَز کہِ کھوتہٕ رِتی ۔ اَتھی منز پیٚیس ہنگہٕ منگہٕ شأنتی ہندس فوٹوَس کُن نظر ۔ سُہ لوگ وۄش ترّ اونہِ تہٕ لرِ پھرِنی دِنہِ اما پتہٕ دُتھن پانے پانس تسلاہ ۔ اما سُہ اوسنہٕ شریُن زانٛہہ تہِ گرّ اوکران ۔

اکہِ دوہہٕ روداتم سنگھ ژیر تام پرّ اران ۔ اما سیٹھاہ ژیر گرِژھتھ سوز نہٕ اِمس کانٛسہِ کھٕن ۔ سُہ لوٚگ شرین ہندی پأٹھی چھورِ چھورِ کرنہِ ۔ تمی دِتی واریاہ آلو ۔ اما اورِ آونہ کانٛہہ جواباہ ۔

کمی تام ہمساین وونس یہ بوزِتھ زِ چأنی دوشوے نیچوِ چھ کوت تام گمتی ۔ اُتّم سنگھس گونڈُن سارِسے پانس نار ۔ تہٕ تمی سندی بجرُن دہت وولہِ گتُن ۔ تمس باسیاو زنتہٕ اوسُس سورے بلغم ڈٕزِتھ خوشِکھ گومُت

دۆیمہٕ دوٚہہ ییٚلہِ دوشوٕے بارٕنۍ واپس آے۔ گرٕنٛک سورٕے سامان اوس آہنگنس منز چھکرِتھ۔ تِمن ڈول بتھِس رنگ۔ تِمو پرٕ ژھ براندس پیٚٹھ ووٚدنۍ اکِس بزرگس ''یہ کیٛاہ چھُ ییٚتہٕ گومُت؟ بابا جی چھا وارٕ؟'' تِمہٕ روٚدۍ اکسے شہَس منز بیہہِ تہٕ کیٚنٛہہ پرٕژھان۔ یہ بزرگ یُس بڈٕچمہٕ خمہٕ براندس اورٕ یور گتھہ اوس کران ووٚتھکھ کیا ہتام کاغذات برٕ وٕنہہ کنہِ تھاوان تھاوان ''یمہٕ چھ تہنٛدِ یمہِ بوٚنگلکی کاغذات یُس اسہِ تہندِس مأِلس نِش موٚلی ہیوٚتمُت چھُ''۔

''ادٕ بابا جی کوٚت۔۔۔۔''

یِ ونان ونان لٔگۍ بأے بارٕنۍ اکھ اکِس کن وُچھنہِ۔ تِمن پھیوٚرا کہِ رنگہٕ بیا کھ رنگ۔

## (۱۲)۔ آنہٕ

ہندی۔ انیتا گوپیش

شوبھا چھ یونیورسٹی کیمپس پێٹھٕ سڑکہِ تامتھ ووکھلی یوان گرٛھان۔ سوچھنہٕ پۄن یہ پرٛ ون عادت مشراوُن یژھان۔ تمۍ سٕنٛد یۄ سارٕوے ستۍ باجوٗ چھ پننہِ گاڑِ ہێژ مژٕ۔ ووزِمس پێٹھ پکن وأنۍ حالات زندٕ باد۔ پرٛتھ کانٛہہ چیز چھُ ووزمہِ سےٕ پێٹھ پکان۔ اوسط درٕچ زندگی چھے ازکل ووزمہِ کِس ٹکلِس گنڈنہٕ آمژٕ۔

بنک وأنۍ چھ نادٕ لأے لأے لوکن قرضہٕ دوان۔ شوبھاتہِ آنہِ ہا ووزم کار۔ اماوٗنہِ چھُ تمس رِکھشس کھسُن خوش کران۔

اکہِ لٹہِ رِکھشہِ وأنۍس گرُک پتاہ ونُن۔ کرائے مُقرر کرنٕی۔ بیٛہُن نہ کانٛہہ پریشأنی نہ ٹینشن۔ منزلس وأتتھ یُوتاہ کرایہِ دُبن آسہِ تمہِ نشہِ ہے اکھ زٕ روپیہ چندس ہُریمانہٕ آسن کرائے پرٛ رچھ نہ کانٛہہ پریشأنی تہِ۔ رِکھشہِ وأنۍس یُوتاہ کرائے رٹنۍ آسہِ تمہ نشہِ ہے کینٛژھا زیادَے دِموس سُہ تہِ خوش گرٛھتھ دأے خأرِ ے کران۔

اکھ وقتاہ اوس ییلہِ شوبھا رِکھشہ وأنۍس ستۍ پنٛژاہن پونٛسن پێٹھ دونٛکھہِ دونٛکھ أس کران۔ ہرگاہ نہٕ رِکھشہ وول مانہٕ ہا سوأس ووکھلی

نیران ۔ وقت کوٹاہ چھ وارِ وارِ بدلان ۔ ازچھ سو پرٛ ژھنہ روسٕتۍ رِکھشس کھسان تہٕ وَسنہٕ وِزِ کوٹاہ آسیٚس دُہن تمہِ نشہِ چھس زیادے پہن دوان ۔ تہٕ ژوک تہِ چھُسنہٕ لگان ۔ اوَے چھُس رِکھشہ آرام دہہ سوآری باسان ۔ اما گرِٛ ھۄلی ۄلی بنٕن ۔

امس ووت امہِ وتہِ یوان گرٛ ھان وارٛیاہ کال ۔ اکہِ وقتہ أس سو سٹوڈنٹ پتہ أس رِیسرِچ اِسکالر پتہ لیکچرار تہٕ ازکل چھ رِیڈر ۔ییلہ نہٕ جاے تہٕ لوکھ بدلیٚاے ۔ امس اوس باسان زِ وقت چھ پننہِ نے جایہ رہتھ ہسو گوٚمُت ۔

سفرس دوران عجیبے ژھو پہ ۔ ''گا ۔ گا'' آوازگیہ تہٕ شو بھاگیہ زنتہٕ ہُشار ہِش ۔ وارٛیاہ اوس بدلیٚامُت اما آواز أس ویٚز ہِش باسان ۔ تمہِ دِژِ پوت نظر ۔ سُے پرٛ ون کوٚل رِکھشہ وول اوسُس ''ہُوں ۔ ہُوں'' کری کری رِکھشس کھسنہٕ باپتھ ونان ۔ تمی رُکوو رِکھشہٕ ۔ شو بھائج امس اشار وِتہٕ خأر خبر پرٛ ژھنہٕ ۔ ''وارَے چھُکھا؟'' تمی تُلی دوشوَے اتھ ہیٚورکن ز ''شُکر خدایس کُن'' سُےٕ پرأنی پاٹھی ۔ سُہ لوٚگ امس اِشار وِے پرٛ ژھنہٕ ''گرَے چھا گرٛ ھُن'' ۔

شوبھاہن گلنو وکلہٕ زِ "نہ" اِشارٕوے سٟتؠ ہوونس بیٚپس اندس
کُن ۔ تمہِ تہِ ہووُس کلہٕ سٟتؠ زِ "بیٚہو" تِتھے پأٹھؠ آسی یمہٕ کتھا باتھا کران ۔
اَمس اوس رِکھشہ وأکس سٟتؠ زنتہٕ عجیٖب رشتہٕ ہُوٚ ۔ تمہٕ گے
دوشوے یکہٕ وٹہٕ جوان ۔ تہٕ ووٚں آسی یکہٕ وٹہٕ اڑ وَروأنسہِ تہٕ وأٹمؠ ۔
شوبھا پران پرناوان تہٕ رِکھشہ وول رِکھشہ چلاوان چلاوان ۔
بی ۔ اے کرن وِزِ آے یہ شوبھا اوت ۔ پھولہ وُن گولاب ۔
کلاس موکلہِ ہاتہٕ کورِ آسہٕ یکہٕ وٹہٕ کھیٚچو کھیٚچو گیٹہٕ نیٚبر نیران ۔ تہٕ رِکھشہ وألی
آسی دَوان دَوان سوار یوموکھ واتان ۔
یمن رِکھشہ والیٚن منٛز آسی کینٛہہ یاوٕ تہٕ چالاکھ یمہٕ یونیورسٹی
منٛزے سوار تُلتھ آسی نوان ۔ یمن منٛز آسی کینٛژن رِکھشہ والین کورین
ہنٛدی گرٕ تہِ ویٚدی تہٕ تہنٛدی ژھایہ ہوٚل مانٛتھ تہِ ۔ یوٚت تمہٕ پننہٕ نین زأنی
کارن سمکھنہِ آسہ گرٛھان تہٕ رِکھشن پرٛ اِرُون تھاوان آسہٕ ۔ یمن
کوریٚن اوسنہٕ یہ بوزُن تگان زِ یمہٕ رِکھشہ وألی تہِ ماچھ جوان تہٕ یمہ تہٕ
ماچھ کینٛہہ ژیٚتران ۔
شوبھا تہٕ منشی آسہٕ رِکھشس پیٹھ یکہٕ وٹہٕ کھسان ۔ شوبھاؤ ژھ

اکہِ دوہہ یونیورسٹی کیمپس منٛز نیرٲن نیران ''وُچھی ہوٚمس زتھٕس رِکھشہ وٲلِس کُن''

''الٲے۔وُچھِ امی کیاہ چھ اتھ مستٕس کوٚرمُت'' امہِ پتہٕ ترٛ دوُن ٹھاہ ٹھاہ کران اُسن۔

''أمی ہے اتھس رُمال تہِ گنڈمژ''

''یہ ہے پانس زیادے ہیروزانان۔ ولہٕ از کھسوا امی ہند سےٚ رِکھشس'' تمس توٚر کیاہتام فِکرتہٕ کوٚڈن پنن رکھشہ سارِنے برٛ ونہہ۔ منٛشی ؤزھس ''سِول لائنز'' تمی ہوٚوس اشارٕ ''بیٛہو'' شوبھاہن دُتنہٕ اتھ کُن دیان امابیلہ تمن گرِگرِ وتھ ہاوٕنی پیٛیہ تمن کُھرٕ دوشوٕنی ژکھ ''یہ چھ یہوے پاگل ہُو۔ سِول لائینز نے خبر اٲسس تتی کیاز ووُن نہٕ۔ مٹِہ ہیوٚتُن تتھ کنی زنتہٕ اکے وُپھ واتہِ ہے''۔

دچھن کھوُر، کھوُر دچھن ہاوان ییلہِ سِول لائنز واتی۔ تہٕ کرایہ پرٛ ژھہس یمن لوٚگ پتاہ زیہ اوس کوٚل۔ دوشوٕنی گیہ ژکھ مشتھ۔ یمن پھیور سکھ تہٕ لجہٕ لِشتاونہٕ۔ اِمس پلہٕ نوٚوکھ دٕہن نوٹ۔ ییلہِ زنہٕ اوت تام پاژھ شبے روپیہ کرایے لگان آسہ۔ پتُن اُتر مشراونہٕ باپتھ

ہووہس یکہِ وٹہ اشارٕ ز''باتے گوے ژٕیہِ''۔ ''نہ۔نہ'' تمۍ گلہِ نأو گردن تہٕ دٔدن تل زیٚو رٹتھِ اسمانس کن کلہِ تُلتھ تہٕ کنن تھپھ کرِتھ اوس ہاوان زِ یہٕ چُھسنہٕ غلط کران۔ پیٚٹھ چُھنا خداوٗ چھان''

یہ اَس شوبھاتہٕ رکھشہ وأنِس گوڈنچ کتھ باتھ۔ یوسہٕ فکرِ ترنس نہٕ شوبھاہس کانٛہہ مشکل گو۔ تہٕ شوبھاسندِس دِلس منٛز پیٚیہِ امس متعلق اکھ نرم بُنیاد۔ امہِ پتہٕ أَسس نہٕ کتھ کرنس کانٛہہ مُشکل یوان۔

سوأس زیادٕ پہن امی سِندِ سے رکھشس کھسان تہٕ سُہ اوس پکان پکان ''آ۔آ۔آ'' کرِتھ امس ستۍ وارِیاہ کتھٕ کران روزان۔

کراے یُوتے سو دِیہ ہس آچھ وٹِتھ اوس چنٛدس تھاوان۔ زیادٕ آسہے سُہ ضرور واپس دوان۔ کم آسہے تہٕ ونان تہِ اوسنہٕ۔

شوبھا یُوتاہ تمس زانان گیہِ تیُوتاہ زنتہٕ آیہ سو تمس نکھہٕ۔ تمس اوس باسان اَمِس ستۍ کتھ کرنہٕ زِ امس شخصس کرٕ ژاہ ہیمتھ چھ۔ییٚلہ کتھ کرنس لایق نہٕ آسنہٕ یوتاہ ہیمتہٕ وول چُھ ہرگاہ زبان آسِہس یہ کیاہ کمال کرِ ہے۔ییٚلہِ شوبھا اَمی سِندِس رکھشس پیٹھ سفر کران اَس تمِس اوس پنُن پان تیوتاہ محفوظ باسان یُوتاہ نہ سو پننہِ جمأژہندس کانٛسہ نفرس ستۍ تہِ محسوس

کرِ ہے۔ یہ اوس وتہِ تِیو تاہ کرٚ یکہِ نادکران زِ کتھے چھنہٕ۔ لفظ اَسِس نہٕ امالفظوٚ ورأے اوس کتھ کران روزان۔ کانٛہہ سائکل یا سکوٗٹر وولاہ زنہٕ نیرِ ہارِ کھشہ نکھہِ کنٔ سہ اوس چکہِ چکھ لاگان۔ زنتہٕ یہ رِکھشہ بدَل شاہی موٹر کار آس۔ اکہِ دوہہِ کرِن کمپنی باغس نش سکھ لڑاٰے۔ تکیازا کی بدماش لڑکن لوے سگریٹُک دزٕوُن بٹ رِکھش کُن۔ تِمن دوہن اوس پولسِٹر کپُرک سکھ چلے جاو۔ شوبھاتہِ اوس امہِ کُے شلوار لاگتھ۔ تہٕ شلوار بچاو کہی تام کہی تام۔ نتہٕ آسہے اتھ تمی ساتہٕ ربہہ ٔلجمٕڑ۔ امی دِژ پتھ کُن اڈٕ لیچی نظر زِ نار ماہسوٚتُن۔ تہٕ پھرُن رِکھشہ تتھی اندس کُن پیاٰری سائکل وول گوٚمُت اوس۔ شوبھاہن ژیون زِ یہ روزِنہٕ ژٕونہٕ ورأے۔ امہِ کوٚر امس زارٕ پارٕ زِ ژٹھ کتھ۔ لڑا یہ منٛزٕ کیاہ نیرِ۔ پُشہِ گرِژھہ گرٕ واتنس ژیرٕ"۔ پوٚز اَمی کوٚر شوبھاہس اِشارٕ زِ ژٕ بیٚہہ آرامہٕ سان تہٕ یک دم روٗٹن سہ لڑکہٕ۔ اکہِ اتھہِ روٗٹن لڑکہ تہٕ دویمہ اتھہِ تھووُن رکھشہ سائڈس کُن۔ تہٕ کتھو ورأے رود لڑکس سہی شُلکھ کران۔ اَخرٕ ترٕوُن سہ مأفی ہیأوِتھ۔ شوبھائج امس روبہِ سان ونہِ زِ اَز کہِ پتھ بیٚہمہٕ نہٕ بہ زانٛہہ تہٕ چانٛس رِکھشس۔ اما تمس گونہٕ رَژھ تہِ اثر۔ پتہٕ لوٚگس کھوژنہٕ ورأے ونہِ۔

"یہ ژے مرضی اُسی تہِ کر۔ مگر مےٚ چھنہٕ غلط حرکت برداش گژھان پزٕر چھ یہ زِ شوبھا اُسنہٕ کینژن دوہن امی سٕندس رَکھش پیٹھ بیٹھمٕژ۔ امتحانہٕ سببہ اُس سو پنٕنس پاپس ستیٚ کارِ منٛز یوان تہٕ پتہٕ اوٚسس بوے سکوٹرس پیٚٹھ واپس گرِنوان۔ منٛزٕ اُس دون ریٚتن ریتہٕ کالج چھُٹی تہِ گاٚمژ۔

ییلہ ایم۔اے کلاسس منٛز ایڈمیشن کرِتھ جولائی منٛز بییہ یونیورسٹی آیہ تہٕ اکِہ دوہہٕ رُکے یَس سوے ہا کسَن برٛ ونہہ کنہِ۔ اصل کتھ چھ زِ امس اوسُ تہِ سورُے زنتہٕ مشتھ گومُت۔ یوز امس کن وُچھتھ گیہ شوبھا سیٹھاہ خوش۔ تہٕ سُتہِ گوواریاہ شاد۔ شوبھانٕج رکھشس پیٚٹھ بیہنہ۔ تمہِ ہووُس ستیٚ رکھشہ ٹھہراونہٕ باپتھ۔ سو ماپرٛ ژھ ہَس کینٛہہ اماتمی ہووُس برٛ چاوٕسان پتہٕ کنہِ لیکھت "بنک فائیناسنڈ مالک خورشید عالم۔ بڑابازار۔ دہلی"۔ شوبھإجس پرٛ ژھنہِ یہ چھُیہِ ژے ناو۔ سُہ ووٚتھس کلہٕ گلناوِتھ "آ" تہٕ پنٕنس وَچھس ٹاساہ لاٚیتھ وونُس زبہٕ چھُس امکٕ مأ لک۔

برٛ ونہہ اوس اکِہ دوہہٕ شوبھاہن امس عُلی پرٛ ژھمُت "یہ چھُیا ژے پنٕن رکھشہِ کِنہٕ کرِ ایس پیٹھ چھُکھ انان۔ اتھ کرٕاہ چھےٚ کرایے پیٚوان دِنٕی۔ پنٕن کیا زِ چھُکنہٕ موٚلی ہیٚوان"۔ تمیٚ اوٚسس وونمُت "مےٚ کتہِ

چھ تیژ ٲہ روپیہ۔ گامہٕ چھم کرِ وارِیاہ بأژ، مول موج تہٕ پانژھ بێنہٕ۔ تمن چھم خرچ پیوان سوزُن۔ شوبھاہن اوُسس وونمُت۔ ازکل چھ بنک امہٕ باپتھ قرض دوان۔ تہٕ تمی دوہہٕ اوُسن بنکہٕ کس اکس ملأزِمس سمکھو مُت۔ شاید چُھس تمی بنکہ ذرٕیہِ ہیوٚتمُت۔ اتھ نوِس رِکھشس أس تمی پننہِ مزارِ سجاوٹ کرٕمژ۔ پانہٕ تہٕ اوس صاف شفاف پٹھان سُوٹھاہ لأگِتھ۔ ہرِشس اوُسس شیٖستُر وکوٚریتھ سنسکرت زبأنی منز کیاہتام لیکھت اوس۔ پیٚچ نہ شاید تمس پانس تہٕ خبرأس۔ اوٚنگجن آسس وارِیاہ واجہ لأگِتھ۔ ہٹس کرٕہُن پن تہٕ تتھ تأوِیز الونٛد۔ کھورن اصل چپلہٕ ہنا۔ مأنی توٚپننی کنی سکھ سجاوٹ کرِتھ۔

امی دوہہٕ لجس اوٚنگجہٕ ستی کمبرس زِیر دِتھ شوبھا پرٛژھنہٕ۔ ’’دیٖتھر کریوتھہٕ‘‘ سو أس سوٗنچان یہِ پرٛژھنہٕ گرٕژھہ امس منٛد چھ ہش۔ اماتہٕ گونہٕ کینٛہہ۔ تمی ہوٚوُس اوٚنگجو ستی پانژھ بێنہٕ چھم نکھٕ والنہِ‘‘۔ پتہ لوٚگ چأنٹس برٛیڈی کڈِتھ ہاونہِ زکھانٛد رواند رچھ بلی بار۔ بہٕ چُھس فکرِ روس زندگی گذاران۔ کھیٚوان چوِان پکھر ٲہ وُچھان تہٕ شامس تھکِتھ ژھێنتھ ڈاپھ ترٛاوان‘‘۔

تمہِ اوسنہٕ سوٗنچمٕتۍ زِسہ پرٛژھم پوٗت پھِرتھ زسوکر کرِ کھاندر یا
تمہِ کیاہ چھُ کھاندرُک سونٛچمت ۔ تمس گیہ ژھوپہ ۔ وٕنہِس کیاہ ۔ اما کِہ تام
ووٚنس یتۍ زیٖلہِ تھٚتھ انساناہ بنہِ ۔ تمۍ سنزٕ یہ کتھ بوزِتھ گلہٕ نو وامۍ زورٕ زورٕ
پٕنٕن کلہٕ ۔ زنتہٕ کوٚرُن امۍ سندِس وٚنس اَنہِ چھُنا ۔ یاں زِ چون وٕنٕن چھ
ٹھیک تی گرِتھ کرُن ۔

شوبھا اٚس سونچان ۔ یہ روزِ ساری سےٕ وٲنسہِ کورین رِ کھشس
منز اورٕ یور پکہٕ ناوان ۔ تہٕ زندگی ہندۍ ساری نوٗ زُک جذبات گرٛژھنس
تِتھے کنۍ سُوری ۔ اما تمہِ ترٛ ووٕلی ؤلی یہ احساس دٕنتھ ۔ ییٚلہِ نہٕ تمس پانہٕ
کانٛہہ پریشانی چھ میٚنہ کتھ چھُ اورکُن سنٕن ۔ مےٚ کیاہ چیٚنٛڈ چھ امۍ سُند
عاریٚن ۔

شوبھا آیہ نیٚبرمس ملکس منز ترٛے ؤری گذارِتھ ۔ اما یتھ شہرس
منز اوسنہٕ کینٛہہ بدلیومت ۔ زندگی اٚس تمی آیہ ۔ نہٕ ۔ نہٕ وارِیاہ چھُ
بدلیومُت وارِیاہ کینٛہہ ۔ یتہِ چھ بوٚنگلن ہنزٕ جایہ ملٹی سٹوری کمپلکس بنیمتۍ ۔
ہرگاہ یمن منز کُنہِ کانٛہہ پرٛون مکاناہ موجود چھُ سُہ چھُ عجیبے باسان ۔
سکوٹرن ہنزِ جایہ چھ تیز رفتار بائیکہٕ نظرِ گژھان ۔

زانہِ خدا شوبھا کیاز پرٛ اُٹھ چیز غاب گژھنس پیٹھ پریشان گژھان۔ ییلہ زنہٕ سوتہٕ مانان چھ یوتام نہٕ پرٛ ون موکلہِ نوٚ وکتہٕ پیِہ بارسس۔ سو چھ دراصل پوٚت کالس منٛزے زُوان۔ اوَے چھنہٕ سو نہٕ یہٕ شہرترٛ اوان تہٕ نہٕ پنُن ڈپارٹمنٹ۔ ڈپارٹمنٹہ پیٹھ گیٹس تام پکنُک عادت نہ مشراونہٕ کنی چھنہٕ سوپننی کارتہِ تھاوان۔ سورُے کینہہ وُچھان تہٕ بوزان۔ پکُن چھ تمس ازتہٕ جان باسان۔ گیٹس پیٹھ وأتتھ ہوٚت تمہِ پرٛ ون کانٛہہ رِکھشہ وولاہ وُچھن۔ سأری رِکھشہٕ وألی اَسی نوٕی۔ اکس ستۍ ہیٛرٕن کتھ کرہٕنۍ تہٕ سوے ویٚزتہٕ لفظوَ ورأے آواز۔ پوٚت پھِرتھ وُچھن سُے خورشید اوس وودنی۔ آواز اَس پرٛ اَنی اماشکل بدل۔ ترٛینہٕ وٕرین منٛز چھاو اَنس ییٚژ اَہ نیِرتھ گژھان؟ قداوار، خوش بدن خورشیدنہِ جایہ کمر ڈوکیومُت، سفید مس تہٕ گلۍ ژمیمتۍ یہ شخص اوس زنہٕ ترٛین وٕرین منٛزے ترٛہہ وری برٛ ونٛہہ گومُت۔ سو بیٹھ رِکھشس پیٹھ۔ شوبھا اَس واریاہ کینہہ پرٛ ژُھن یژھان۔ اما کتھ کتھ کنی کرہے۔ رِکھشہٕ چلاوان وألِس اوس امس گُن تھَر۔

شوبھاہن رُکوسہ ترٛنی ترٛیش چینہٕ باپتھ۔ بیٚل کرِتھ آنہٕ نأوتمہِ

تریش۔سو بیٹھ پانہٕ بڑ اڈ سے پیٹھ تہٕ تمس تہٕ ووٗن بیہنہ باپتھ نہ سہ بیوٹھ بۆنی مِس ہیرِ پاوِس پیٹھ۔لس اُس اچھن لیگ تہٕ دندن ووز جار۔ کھری داردار اُسس زتھیمژ۔

اما امِس پیٹھ عارینگ اوسنہٕ شوبھا ہس از تہٕ جوٗرت گرژھان۔ سونچان اُس کتھ کتھ پاٹھی تُلہٕ۔آخرتہٕ پرٕ زھنس "گرِ چھو اسارٕی ٹھیکھ؟" امس باسیاوی سئزن اچھن منزاوش۔مول موج ہووٗن اسمان گُن زِتمہٕ موٗدی۔ژورن بئین کوٗر کھاڈر۔وُنہِ چھ اکھ۔اکھ بیٚنہٕ آیہِ پھیرِتھ۔سوژھنئ خاندارن ترأوِتھ۔ووں چھُ مُقدِمہ چلان۔تریشہ ستی وأژ مِٹھاے۔خورشید رود ژھوپہ دم کرِتھ اورِ یورُو چھان۔شوبھا تہٕ اُس ژھوپہٕ کرِتھ۔اما ووٗن لوگس سئہ اَتھو، اچھو تہٕ آواز رِلأوِتھ پرٕ ژھنچ کوشش کرنہٕ ووں کوتاہ پرٕکھ"۔

شوبھائی اسنہِ زنتہٕ لوتیاس وأنجہٕ پیٹھ بار۔اتھ گلناوان تہٕ آواز ہش رلاوان وژھس "بڑ وٗنہہ اُسس پرٕان تہٕ ووں چھس پرٕ ناوان"۔ تمس گیہِ اُچھ پَل ہشہِ تہٕ خوش گژھتھ لوگس ہاونہِ"۔تیلہ چھے ژے ترقی کرٕمژ۔بہٕ گوس خوش۔

ترٛیش چیٛتھ تھوٗن گلاس پتھر۔ پھٹِس پیٛٹھ کپر ژادِعٔکۍ دُتُن چاینٹِس پھَش تہٕ لوٗگ گرِ روستۍ مژِھ گُن ہاونہٕ۔ زِشُری چھم سکوٗلہٕ پیٹھٕ آئنۍ۔ اتھٕ تُلِتھ کرِن سلاماہ تہٕ درٛ او۔

شوبھاتہِ چھ گُنی۔ بِلکل امی ہٕشدی پأٹھۍ۔ مول موج گۓ مرِتھ۔ رودی بأے تمہٕ سأری پننہِ پننہِ جایہ عأش کران۔ زندگی چھ جکھ جدَل پکان روزان۔ پکہٕ نُے چُھ۔ ہارنہ مأنٛز تمہٕ تہٕ نہ شوبھایہ۔

ہشیار۔ خبردار۔ ہوش ہاہو

روٗنٛدِ وأنِس سرفراز خانٕنۍ کرٛ یکہِ ووتلیاٚیہ رأژ ہنٛزِ خاموشی منٛز وأنا کھ چِکھ ہش۔ تہٕ امی ہنٛزِ لورِ ہُنٛد ٹھکھ ٹھکھ اوس کنَن ترِتھ گژھان۔ شاید اوس سُہ سانے آنگنہٕ کہِ گیٹہٕ کنۍ پکان۔ امامےٚ أس تمہِ ساتہٕ امی ہنٛزِ یہِ وأنا کھ کرٛ یکہِ مُرلی ہنٛزِ موٚدرِ آوازِ کھوتہٕ خوش یوٗنۍ باسان۔

بنان چُھ سُہ آسہے پنن پان تہِ ہُشار تھاونہٕ موکھے روٗنٛدِ دِنہٕ وِزِ پٔرٕھ کرٛ یکہ دِوان۔ پوٚز محلّہ وألی چھ امی ہندے روٗنٛدِ دِنہٕ کہِ برکتہٕ بےٚ پھرٛ وک ہٕندرکران۔

میأنِس کُٹھس چُھنہٕ نیٚبرٕ کنۍ کانٛہہ درواز (بلکہ ہرگاہ جمعدار تہٕ لِلّی دوٚہس منٛز دوٚ یہِ لٹہِ یوٚت یہِن نہٕ مےٚ باسہِ ہے زِ یتھ مکانس چُھنہ کُنہِ کانٛہہ دروازَے)۔

نتہٕ آسہِن بہٕ سرفراز خان ناد دِتھ اندر آنان۔ یُتھ سُہ تہٕ رٔژِھ کھنٛجِہ ارام کرِ ہے۔ سُہ بچور چھ یتھ شِشرِ کُٹھہ کارس منٛز تہِ پننۍ ژھٔنبرٕ ژادرِ زٔٹ ؤلتھ رأتۍ راتس روٗنٛدِ دِوان روزان۔ وِں گوٚ ژھٔنہٕ ترِستۍ شِشِھتھ

مِرِ تھےٟ گرٛژھٕن۔

اِیٕ سونٛچ سونٛچ اوس مےٚ رأتی راتس وُتارِ ووتھان۔ تہٕ بہٕ اوسُس یِہمنےٚ کرٛ یکن گُن گن دِتھ روزان۔ مےٚ آسہٕ یِمے کرٛ یکہٕ یمن بےسوکھ رأ ژن ہنٛز زندٕ آسنٛک باس دِوان۔

کرٛ یکہ تہٕ آوازِ بوزنہٕ ورأے رود مُتےٚ کیا اوس میانہ باپتھ۔ میون اکھ اکھ شہہ چھُ ووں یمہٕ نے کرٛ یکن پیٛٹھ دٕ رِتھ۔ نتہٕ آسِہا میانہِ زندگی ہُند پَن کرتام ژھونمُت۔

ییٛلہِ بہٕ اخبار چھُس پران۔ مےٚ چھ اثدی پکی بدٕ لے کرٛ یکہٕ تہٕ آوازِ کنن گرٛژھان۔ گولیٛن ہنٛز ٹاسہٕ رارَے۔ بمہٕ گولن ہندی گرٛنی تہٕ چھوکہٕ لدن ہندی چھورِ چھورِ چھُس وارِ بوزان۔ تکیازِ اخبار چھ دوہِ دِش مارومأری تہٕ خون خرابہٕ چہ خبر وٕتی برِتھ آسان۔ یمن حالاتن منز گُنہِ خوش خبرِ ہنٛز وومید تھاونی گیہٕ بیقلأز۔

اوٚ بری کھوٚ بری سرٛکو پیٛٹھی ہوٚتن سایکلن ہُند کھٹ کھٹ تہٕ یمن پیٛٹھ الأندی دودِ کینَن ہُند ٹھس ٹھس ووتلُن۔ شاید بَچیہ صُبحِچ ژور۔ دودِ گوری چھ پرٛتھ دوہہٕ یمی وقتہ پیأری نیران تہٕ میلہٕ وادَو پیٛٹھ یوٚت یتھ گرٛ اکن

دود واتناوان۔ بہٕ چھُس رأتی راتس اکِی لرِشوٚنگی شوٚنگی تھوٚ کمُت لرِ پھرُن دِمہٕ ہااما بدنکی سأری جوڑٕ تہٕ تان چھم زنتہٕ لگِتھ گامتۍ۔ واہی۔ دُچھن یا کھووُر رِتھ کنی پھیرِ۔

اورِ یور پھیر نہٕ ورأے تہٕ گیا زندگی۔ اما توتہٕ چھُس دوہ دوہ کڈان۔ عجیبِ کتھاہ چھ زِیوٚ تام وارِ اوسُس بہ روزُس زندگی بیزار۔ اما ووں ییلہٕ نہٕ پکُن ٹکُن لایق چھُس زندٕ روزنُک طمٕاہ چھُم ہُر یامُت۔ اورِ یور پھیر نچ کمی چھُس کرٕ یکہٕ تہٕ آوازٕ بوزِتھ پُورٕ کران۔ تہٕ کرِتھ چھم موتک ناوبوزِتھ ترٕووتھان۔

''پیپر پیپر''

یہ چھ ہاکرٕ سنٕز آواز۔ دروازس پیٹھ اخبار ترٕ اوَن وِزِ چھم تمی سنٕز یہے بلخ آوازٕ کنن گرٕ ھان۔ تہٕ مےٚ چھ ژینہٕ وَن لگان زِ یہ چُھ اخبار وول۔ تیلہٕ اوسُس بہٕ صُبحٕ چکرس نیرِتھ گرٕ گن واپس ینہٕ وِزِ نیبر کنہٕ امِس پرٕ اران۔ تہٕ تتہٕ نے ووٕدنی ووٕدنی سُرخین نظراہ ترٕ اوان۔ کانٛہہ خاص خبرہے آسہے سواوسُس سأرے پرِتھ نوان۔

میانہ خاندارنہٕ اوس میون یہ عادت سکھ کھران۔ تہٕ اُسم چاے

چینہِ باپتھ آلو آلو کران۔ وۄں کیم گۄ سۄندی تمہ ژکھِ ہتی آلو بوزنس وۄی واد۔ واہ! تتھ ژکھِ منز کوتاہ لول اوس۔ اوے چھَم وُنہِ تہِ اخبارِ وأنکی سندی آلو بو زِتھ وأنج دُبہ پھیران۔

اماوۄں چھ اخبار مےٚ نِش راجوسنٛدِ دفتر گژھنہِ پتے واتان۔ کُنہِ وِزِ چھ میانہِ نوشہ اخبار مےٚ نِش واتناوُن مشتھےِ گژھان۔ تمس چھُ سکھ مشَر پھ۔ یُوتاہ زِیہ تہِ چھُسَس مشتھ گومُت۔

مےٚ چھ مکانہِ کِس پۄت آنگنس منز یتھ بوٚن تہِ بِدُون گُٹھی ژونگرِس منز پرٛ أری پرٛ وأراگ ووتھمُت۔

اخبارس پرارُن، جمعدارَس پرارُن، نوکرانہِ للِی پرٛ ارُن۔ اما توتہِ چھُم امی پرٛ ارنہِ ستی کم کاسہِ سوکھ تہِ واتان تہِ آش تہِ روزان۔

بہ مشروۄس راجُو ہن امنٛک چھُم سکھ دود۔ تہِ وۄں چھُم منزی منزی شک گنان زاماسہ چھا پزی پأٹھی میون نچُو۔ییلہِ سُہ دفتر نیرن وِزِ پننی کارسٹارٹ کران چھ یا تورِ یتھ گرٛ اجس منز تھاوان چھ۔ اِد چھُ مےٚ تمی سنٛدِ ینہِ گژھنُک پَے لگان۔ پتہ ییلہِ سُہ شرٛین ستی لأنس منز گِندان گِندان نیسنٛگاہ بڑِ بڑ اسَن کھنگالہِ ترٛ اوان چھُ میانیٚن وُٹھن پیٚٹھ چھ یہوے

دوکھ بۆ رُتھ کُمہ جار ہوٚ پھیران تہٕ بہٕ پھُس مُ سنز شکل یاد پاونٕچ کوٗشِس کران۔ اما تتھ چھم ژھایہِ گٔژ ہوٗی گرٛھان۔ پۆز مےٚ چھ تمٕ سندِ شُری پانٕچ شکل وارِ یاد سُہ اوس سکھ شکیل تہٕ یہوے گول گول شُرا ہ۔ تمس کُن وُچھتھ آسہ ووٚ پرن تام اُچھ تیٚنبان۔ سانہِ باپتھ اوس سُہ مولُل تہٕ مأری موٗند ارزَتھ۔ یمس اَسی پنُن سورُے آلہِ وان اَسی۔ سأری کھوتہٕ أسس موج پرٚتھ وِزِ وٕنڈی وٕنڈی لگان۔

سوٗ بچأر گیہِ نچوی سُند ارمان یِٚتھ یمہِ عالمہٕ۔ مےٚ کۆر راجُو ہَس لولہٕ تہٕ مایہِ سان پلالہٕ۔

اِدِ یہِ گوتہِ گوجانےٚ۔ سوژالہِ ہانہٕ نچوی سُند یتھ پأٹھی بُتھی پھُر گرٛھن۔ سأری ماچھ مٕزِ ہوٗی دِلہٕ درٕی آسان۔ بیٚیہٕ تہٕ موج۔

"پاپا۔۔۔۔۔۔۔۔ میأنی بال۔۔۔۔۔۔۔۔"

"پاپا۔۔۔۔۔۔۔۔ مےٚ کُنٹ گرٛیا۔۔۔۔۔۔"

یمہ آواز بوزِتھ چھُم وُٹھہِ کُمجار پھیران۔ میأنی ذُری کتھہٕ پأٹھی چھ پنِنس مألس فرماش کران۔ خبر مألی کیاہ آسِکھ یورِ وونمت۔ تمِس پرٕ یمن موصوم شُرین ہُند فرماش بامل آنُن۔ میٚتہٕ ماچھ راجوٗنس کُنہِ فرماشس

زآنِہہ کلہٕ پُھٹر مُت ۔ یِیلہٕ مےٚ پننہِ پسند چہ اُکس کورِ سٕتۍ نیتھر کرنُس ہڑا کہٕ
لوگ تمہِ ساتہٕ تہِ ماپُھٹر ووٚمس دِل ۔ یٕژھ تہٕ پٕژھ اَنم سوے نوش
بنأوِتھ ۔ اِد تنہٕ پیٚٹھے ہوٚتُن راجو مےٚ نشہِ دُورُن ۔ تہٕ میٚتہٕ ہوٚت لوٚب ۔ تہٕ
یہِ لوٚب ہیٚوان ہیٚوان یوٚ تام نہٕ بہٕ گُنی رودُس ۔ توے چُھسنہٕ بہٕ راجو ہس
ووٚل گُنہِ تہِ اتھِ یوان ۔

از راتیٚ راتس آسہ سانہِ مکانہٕ منٛز کرٚ یکہٕ نادتہٕ چکہٕ چاوٕ چہ آوازٕ
یوان ۔ برِٕ برِٕ اوس مردن تہٕ زنانن ہُند گیوٗن گنِدُن، اُسن کھنگالہٕ تہٕ
انگریزی موسیقی گریزان ۔

صُبحے ووٚنم لِلّی زِاز چُھ راجو صحبہٕ سندِس بٕنٹی جی سُند برٕتھ ڈے ۔ یہٕ
بوزِتھ تھوومےٚ پننہ خوشی ہُند خزانہٕ اکس کنجوس وأنی سٕندی پأٹھی وچھہِ کِس
صوٚندقس منٛز قُلف کرِتھ ژُورِ ۔ تہٕ رودُس راجو سندین برتھ ڈے چین
دٕعوتن، پھری دوان ۔ میأنی یار دوس أسی مےٚ تمہِ ساتہٕ میأنی فضول خرچی
وُچھتھ نصیحت کران خانہٕ دارِنی تہِ أہم سمجاوان ۔ امامےٚ اوس راجو سُند
زادوہ چکہٕ چاوٕ سان مناونُک شوق ۔ بہٕ اوسُس ساسہٕ بوٚ دخرچاوان ۔ از
تہِ چھ میٚانہِ یتھ منٛدورِ منٛز ووسہٕ درٚ وسہٕ ۔ اما بہٕ چُھس گُن تہٕ کیول

پرٕ ژھوٚن فقط اٮ۪ندٕرؠ اندرؠ سونچان روزان۔

پتمو کینژ ودوہو پیٚٹھ ووتُم بدلے آوازٕ بوزان۔ یمہٕ آوازٕ چھ گہے دیوارَن منزٕ ووتلان تہٕ گہے زمینہِ تلہٕ۔

مےٚ چھُ یہوے سوٚت لرزٕ ہُیو موحسوس گژھان۔ راتھ ژہنزٕ ژھوپہِ منز چھُ یمن آوازن ہُند گرٛ بزتیُو تاہ برٕ باسان زِ سرفراز روٗنٛدٕ وأری سنز کرٛ ییکھ چھ اتھ منز غأبے گژھان۔ بہٕ چھُس پننہٕ کُنہ سکھ ژیٚتھ دِوان اما فکری چھُمنہٕ تران زِ یمہٕ آوازٕ کیٛاہ چھُ ونان۔ زنتہٕ چھُ مےٚ آلوَن تہٕ کرٛیکن ہُند معنہِ فکرِ ترٛنک حسبےٕ ژھو کیٛا مُت۔ییٚلہِ زنہٕ امہِ برٛ ونہہ یژھ کاہہ کتھے أسنہٕ۔ کانہہ تہِ حرکت، کانہہ لوٚت تہٕ سوٚت آواز کیٛاہ کنہٕ پھسرا ے تام کنن منزٕ وأتتھ اوسم معنہِ مطلب فکر تران۔ اماوونی نہٕ تژھ کتھے بہٕ چھُس راوان۔ آلو تہٕ کرٛیکہٕ چھُس بوزان۔ پوٚز ییٚلہِ نہٕ کینہہ تہِ پیوان۔

سونچان چھُس تیٚلہِ ماچھ یہ میون اٮ۪ندٕرِمے کرٛیکہٕ ناد۔ یمہ سأری آلو ماچھ میٚنہٕ اندر ییکہٕ وٹہٕ جماہ گمتیٚ۔

وری وادن ہنزٕ چھو پہ گوٚ ژھنہٕ مےٚ ستاونہٕ بایتھ ژھلیے کوٚ رمُت

آسُن ۔ نیٚبرِ مہِ کرِ یکہٕ چھمنہ ووٕنی کنن گرٕ ھان تہٕ یہے نیبرِم ژھو پہ چھم
انڈرٕی آلوزیادٕ ے برٕ برٕ ووتلاوان۔

رَأ ژہُند انہِ گوٚٹ أسی تن یا دوہلی گاش۔ مےٚ چھ کرٕ ہنہِ ژھایہ
ہِشہِ لبَن پیٚٹھ نرٕان باسان۔ اہند ینٚ وُٹھن چھُ زنتہٕ ٹلہٕ ترٕ او گرٕ ھان تہٕ
یمن ہنٛزٕ کتھٕ چھم کنن گرٕ ھان۔ یمہ نرٕ ونٕ ساپہ چھ ژمان تہٕ ہُران
روزان۔

بٕہ چھُسکھ یمہٕ وَژھوَ اچھو وچھان۔ تہٕ اہنٛز پھسرارے چھُس
أچھوستی بوزنچ کوشش کران۔ بوزنک طاقت سورِتہٕ أچھ گاشی چھ گن
بنان۔ ووٕل چھِ زَنتہٕ میانہِ بَدنہٕ رٕکس تانس تانس پیٚٹھ کن پأدٕ گمتیٕ۔ یمن
منٛز پرٕتھ وِزِتہٕ پرٕتھ زِ یہ آوازن ہُند شور ووتلان چھُ۔ تہٕ بتہِ چھُس
وارِیاہ کالہٕ پیٚٹھِ یمہٕ نےٕ آوازن ہندس ڈکھس پیٚٹھ دوہ دوہ کڈان۔ تہٕ
امی انڈرمی کرِیکہ نادن تہِ چھُم ووٕل جیرٕ ٹلُمت۔ یمہِ کنہٕ تہٕ نیٚبرم آلوٕے
بوزان چھُس۔

نہٕ سو سرفرازٕی وأنا کھ کرٕ یکھ، نہ دوٕد گورین ہند ینٚ ساپکلن تہٕ
دوٕدِ بانٕن ہندی ٹھَس ٹھس تہٕ ٹھَنٛ ٹھنٛ، نہ راجو سندِ گاٹری سٹاٹ کرنچ تہٕ بنٛد

کرنچ آواز، نہٕ گِندن درٕ وکن والین شرین ہندی موصوم اَسن کھنٛگالہ، نہ اِنگلش موسیقی نہ اخبارٕ وأنی سُندسہٕ خاص قسمک آلو، ڈٕ پو کینٛہی نہٕ۔ کانٛہہ کرٕ یکھٕ آوازٕ ے نہٕ کانٛہہ کتھےٕ نہٕ۔

میانہٕ کُٹھِ چِین پچہ لبَن، ژھنیہٕ پشس تہٕ پٔتھرِس چُھ الہٕ ڈلہٕ ہُوہ گژھان۔ تٔتھ زِ زنتہٕ چھ ساسہٕ بُدی جہٹ جہاز گتھہ کران۔

وارٕ وارٕ چھم حواسات تہٕ ژھیٚتہٕ گژھان۔ انسانس ماچھِ یتھ وأنسہِ منز۔ وہمہٕ نال وَلان۔ یہ کینژھا بہ موحسوس کران چھس یا یہ کینژھا مٕ پیٚٹھ گُدران چُھ تہٕ ہیکہٕ پھرا وہمہٕ تہٕ اَستھ۔ خبر چھا زِیمہٕ کُٹھِ نیٚبر چھا سورٕ ے تٔتھےٕ یُتھ برٕ ونٛہہ اوس۔ از چھم پننہٕ بستی ہُند اکھا کھ مکان تہٕ اکھ اکھ کوچہ یاد پیٚوان۔ زنہٕ چُھس امٕک اکھ اکھ چیٖہٕ اتھوستٕ شاران۔ تہٕ یمہٕ نےٕ خوشی برژن نٕرم نٕرم لہرن ستٕ چُھس دُور تام پیٖرٕ گژھان۔ پیٖران چُھس روزان تہٕ وارٕ وارٕ چھ میون سونچ انہِ گٹس منز ہینہٕ یوان۔ بہٕ چُھس سکون ہُولبان سُہ سکوٗن یتھ وٕ ری وادو پیٚٹھ اَچھ پھری پھری وُ چھان ووتُم۔

یمہٕ باپتھ اکس اکس ژِہس چھورٕ چھورٕ کران رودُس۔ بہٕ

چھُس اکی خوش پِوٕنی احساس وولُمت۔ زِییٚلہِ بہٕ اکہِ زیٚچھ ہِندرِ بیدار گژھہ یہ کرٕ یکہٕ نادآسہِ موکلیٚامُت۔ تہٕ نیٚبرم سأری آلوپیٚن پنٕنی سأری شیٚہجارتہٕ وُشنیر پیٚتھ میانیٚن کنن منٛز۔

امایہ ژھوپہٕ کرِژھہ سَنا چھ؟ اکہِ بہٕ ووٚنت ژھوپہٕ ہُند پرٕدیُس سأرِسے عالمس ولنہٕ آو۔ نہٕ اندرِم شورنہٕ نیٚبرمہِ کرٕ یکہٕ تہٕ میأنِس وَچھس پیٚٹھ چھُھ خاموشی ہندا کھ گوٚب بال لایِنہٕ آمُت۔ یمہِ کِس بارَس تل نہٕ شہہ تہٕ چھُس کھأژتھ ہیٚکان۔ لبَن تہٕ دروازن پیٚٹھ نژن وأل سایہِ چھ پٔتھرس لاینہٕ آمتی۔ یمہٕ مےٚ پنٕنیٚن فولأدی اتھن منٛز رٹِتھ خبر کتھ کُن گلوِتھ نِوان چھِ۔ تہٕ نیٚبرِم منظرتہِ چھُھم بدلیومُت باسان۔ تمہٕ کوچہ گلی، بونگلہٕ لرِ، بٔٹھی تہٕ بال، تھز رتہٕ پاتھلی سأری چھ رأوی متی۔ کینٛہی چھُنہٕ رودمُت۔ نہٕ میأنی سومندور، نہٕ راجو نہٕ تہٕنز آشنٕی نہٕ تہٕنٛدی تمہٕ مأری منٛدی شُری۔ ژواپاسے چھ مٔلبہٕ ڈیر، گردِ غُبار، دہی لمبگھ تہٕ وُجأری۔

اما اِسرأفیلن ماچھ وویُمت؟ امایہ چھاسَنا قیامت؟ بڑی پأٹھی چھا قیامت آمٕژ؟

پاس خدائی تومےٚ بیٚیہِ تتھی کُٹھس منٛز۔ تہٕ تمہٕ کرٕ یکہٕ ووتلأوی

تَو بێیہِ۔ تکیاز کرٛیکَے چھ زندگی ہنٛز عَلامت تہٕ بہٕ چھُس زنٛدٕ روزُن یَژھان۔ تُہی ہیٚکِو میون گاش تَھپہِ رٹتھ۔ تکیاز یہ سُورے قیامتہٕ بوٚ رُت منظر چھُم اَ چھن ترُسی دِوان۔ پوٚز کنن دِیُوم بوزنُک خبس۔ یُتھ مےٚ پننہِ زِندٕ روزنٕچ پڑھ ووتلہِ۔

پڑھ ہُند یہ ژھوٚرُے کھوس ہیٚتھ کوشاہ کال روزٕ بہٕ اورٕ یور پھیران پھیرُن تھورُن لایق چھُسنہٕ تہٕ ورِی وادَو پیٚٹھٕ چھُس پنُن پان تمہٕ نےٚ کرٛیکَن ہنٛزن ڈکھی جَن پیٚٹھ اورٕ یور رٹتھٕ ناوان۔

## (۱۴)۔ تمۍ لوٚب جواب

اردو۔ صغریٰ مہدی

تمۍ کوٚڈ دارِ کنۍ کلہٕ۔ اندۍ پکۍ اوس ساری سےٚ راٗژ ہنٛدۍ انہٕ گٹ
نال وولُمت۔ ماحول اوس دِیان۔ "گویہٕ دوہ تہٕ گنٛدریاو تِتھے پاٹھۍ یتھ
کنۍ پتمِ اکھ وری یعنے باہ ریتھ یا ترے ہتھ تہٕ پانٛژ ہاتھ دوہ سوریاے۔"

ازاوس تمس پوٗرا اکھ وٕری بیکاری منٛز گوٚمُت۔ سہٕ اوس صُبحہٕ پیٹھے
اتھ سریہہ لدٕ گُٹھۍ ژونگرِس منٛز پھچہ مژ چارپایہٕ پیٹھ بِہِتھ بِہِتھ حساب کران زِ
یتیس کالس کاٗتیاہ درخاس اٗسۍ تمۍ دِتۍ۔ کاٗژاہ انٹر وِو
لیٹرِ (Interview Letter) آسن رَچمژ۔ کاٗتھن
اپوٗئنٹمنٹ (Appointment) آڈرن روٗد پرٛاران۔ کاٗتیاہ انٹرؤِو
دِتن۔ تہٕ کاٗتھن انٹروِون منٛز ہوکنہٕ شہرٕ نیٚبر آسنہٕ کنۍ شاٗمل سپدِتھ۔ سہٕ
اوس گرٛنٛد کران زِ تمۍ کمن کمن لوٗکن ہنٛزٕ سفاٗرشہِ آسہٕ حاٗصل کرِمژ۔
کاٗتھن شخصن اٗسن یہ دپمٕ زِ تہٕ کھوررٕ تمتۍ۔ تہٕ کاتھن ہنٛز کھ تہٕ بُتھ
پھرُن اوسُس برداش کوٚرمُت۔

یُس میز تمِس مکان ماٗلکن عاری یتھ دِتمت اوس تتھ پیٹھ اٗسن
سارنے درخاسن ہنٛدۍ نقل تہہ کرِ کرِ پیٹھس پیٹھ تھاوِ متۍ۔ تہٕ اتھ اکِہ

پاسہٕ ڈاک رجسٹریَن ہندی رسیدتہٕ بیا کہ پاسہ سو کاپی تھاوٕنۍ یتھ منز تمہٕ رقمُک حساب اوس یُس درخاس ٹائیپ کرنا ونس۔ تمن فوٹو سٹیٹ کرنس تہٕ پوسٹل سٹرٹیفکیٹ سوزنس پیٹھ خرٕچ کوٚرمُت اوسُن۔

تمہٕ گنز راٚوی یمہٕ درخاس بیہ اکہِ لٹہِ اکھ۔۔۔ زٕ۔۔۔ ترٛے۔ یمہٕ اَسی پوٕر ستتھ (70)۔ خرچس دِتُھن میزان۔ یمہٕ اَسی پانژھ ہتھ تہٕ شیتھ (580) روپیہ۔ اِمس پھوٚٹ زہر بوٚرُت اسُناہ۔

اکھ وری برٛونہہ یمی دوہہٕ اوس اِمس رزلٹ درٛامُت۔ تہٕ سیٹھاہ جان پاٹھی اوس پاس گوٚمُت۔ دِلس اٲسس ستھ گمژ۔ ارادٕ اوسُس تھدیامُت۔ جوش تہٕ جذبہ اوسُس ہُریامُت۔ پژھ اٲسس گنیمژ زِ نوکری بنیم ضرورتہٕ جلدٕ ے۔ پننیو زِٹھو تہٕ وستادو اوسُس مٹہِ مٹہِ دِتھ تُھتھ پیشہِ اختیار کرنُک مشورٕ دِتمُت یتھ منز نوکری بنٕنی سہل آسہے۔

"مارکس چھی جان اٲنۍ متۍ۔ مُلکس چھ ٹیکنکل (Technical) نفرن ہنز ضرورت"۔

تمہٕ لیوکھ پننِس مائلس "ژٕ کری زینہٕ نوکری منز اکس ٹنیشن (Extention) باپتھ کانہہ جُستہٕ کھاٚز۔ مےٚ دِیو نوکری لگنہٕ بہٕ

وتیراوِ گرُک سورُے بارُ"۔

امہِ پتہٕ اوس سُہ صُبحے ہِنٛد رِووتھتھ پرٛتھ دوہ اخبارانان تمن منز نوکری ہندی اشتہار پران۔ درخاس دِوان تہٕ کُنہِ کُنہِ صُبحہٕ پیٹھٕ شام تامتھ دٕہ دورِ منز سورُے دوہ پوٗرٕ کران۔ کُہیا پیٚیس اکس اکس اہم شخص سمکھنہٕ موکھ ہفتہٕ وادن کوشش کرٕنی اِدٕ ہے تمس ستیٚ اکھ زٕ منٹ کتھ کرنٕک موقہٕ آس۔

واہی! اتھ منز کمہٕ کمہٕ وٕیکھتی تجربہ سپدِس۔ کمن کمن لوکن پیوس سمکھُن ہوٹلن ہندِ منیجرٕ وپیٹھ بہرٕن تام۔ کمپنی مالکو پیٹھٕ مُنشن تام۔ سرکاری افسرٕو پیٹھٕ اردلیٚن تام۔ اما پرٛتھ کانٛہہ رودس یہ وٕنتھ اُسس منز نابد پھوٗل تھاوان زٕ "دِژ درخاس پتہٕ وُچھو" ووٚں اُسی امی سندٕی کن یہ جملہٕ بوزنکی تتھی عادی گمتی زِ کانٛسہِ امہِ غرضہٕ سمکھانے اوٚسس زنہٕ تہٕ یہ جُملہٕ پائی پانے کنَن گرٛشان۔

ہنگہٕ منگہٕ آو ہوکہِ دکہٕ ستیٚ دارِ پوٗٹ مُژ راونہٕ تہٕ اتھ انہٕ گٔژ گُٹھس پیٚوسرٕ کہ ہنزِ بجلی بتہِ ہُنٛد گاش ہُوٕ۔ پتمہِ ہفتہ اوس مکان مالکن امی سندِس کمرس بجلی کنکشن (Connection) ژوٗٹمُٹ۔ اما امی ٹلنہ دنٛدٕ پیٹھ

دنٛد۔ بلکہ کوٚ رُن شُکر زِ کمرِ منٛز اوسس تہٕ کڈِتھ ژُھنمُت۔ تکیا زِ سہٕ اوس ریتہٕ وادو پیٹھ بجلی فیس ادا کرنس از پگاہ کران رودمُت۔

سوٚنچان اوس زِ ''پانہٕ لُوکو کمہِ کمہِ رنگہٕ کوٚر رہس بہ استعمال۔ کُنہِ أسِم پنہٕ نبن افسرن خوش کرنہٕ باپتھ بلی درخاس منگان گھے أسِم پنہٕ نیٚن سفارشہِ دَردوستن لادَن تھاونہٕ موکھ انٹروِوتہٕ دیٚاوان۔ تہٕ بہٕ اوسس پرٛتھ وِزِنۄ آش تہٕ وومید یِیتھ نۄس نِوس براندس سجدٕ کران۔ از أسی تمس پنٛنی تمہٕ ژُکھی درلیڈر یاد پیوان یمہٕ لوکن ہندی ہم درد تہٕ سماجہ چیٚن رٕژن کامیٚن منٛز برٛ ونٛہہ برٛ ونٛہہ آسنکی شائِلی تارکھ ہاوان چھ تہٕ یمہٕ أزی چہِ نوجوان پُیہ امہٕ کنی بیزار چھ زِیمن نہٕ چھ ہمیتھ نہٕ چھکھ زندگی ہنٛدیٚن کرٛیچھرَن ہُنٛد مقابلہ کرنک حوصلہٕ نہٕ چھکھ تھدی قومی مفاد نظرِ تل تہٕ نہ چھکھ سرکارکین مسلن تہٕ مشکلاتن ہنٛد احساس۔

سہ اوس تِتھیٚن انسانن ہندی ٹائنہٕ بوزان تہٕ یہ سورُے ژھو پہ دم کرِتھ ژالان تکیا زِ تمو اوسس نوکری ہُنٛد نابد پھوٚل أسس منٛز تھوومُت سُہ اوسنہٕ تمن پتہِ ہیٚکان ونتھ زِ بیٚین جوانن پامہِ دِتھ تہٕ واظ پرِتھ کتھ پأٹھی أسی تمو پنہٕ نیٚن أشناون تہٕ رشتہٕ دارن ہندی شُری تھدیٚن

عو ہدن تام واتناوٕ متی ۔ تِمن نیم خانہٕ بیکارن نوکری دِیاوٕ مرٕ یمن نِش نقدٕ جنسہٕ کانٛہہ مفاد اوسکھ ۔ سُہ اوس اہندیٚن شاندارڈر اینگ روٗمن ہندین کونن منز بیہتھ یمہٕ میٹھی کٔتہٕ موٚدری لکچر خاموشی سان بوزان ۔

ازآسہٕ تِمس مائلس ماجہ ہنزٕ تمہٕ چٹھِ یاد پیوان یمن منز تمو پانٛژھ وَق نمازٕ پرنٕک یہ یادِ خدا کرنٕک بانٛد بانٛد کوٚ رمُت اوُسُس ۔ ماجہ اوُسُس تِمن تہریٚن تہٕ نیازن ہُند لیوکھمُت یمہٕ امِ سندِ نوکری لگنہٕ باپتھ تمہٕ تھاوِمتی آسی ۔ پنہٕ نٕیِن لوکٹیٚن باین بینٛین ہندی فرماش آسِس یاد پیوان تہٕ تاوِ منز گرن کرناوان ۔

از آسِس لوکچارکی تمہٕ یار یاد پیوان یموٕ نمبرکام کرِتھ لچھ بوٚ د کموو تہٕ امِس رودی اتھ گُن گل کڈان ۔ پننی ووستاد آسِس یاد پیوان یمہٕ ہر ہمیشہ ایمان داری، شرافت تہٕ رِژر چ ژِھنہٕ وَن دوان آسِس ۔ تمہٕ ساریے کتابہٕ آسس ژیٚتس پیوان یمن منز رُت سبق دِنہ آمُت چھ ۔ سُہ ووتھ چار پایہٕ پیٚٹھ تھوٚ د ۔ دار پیٹھ استادٕ روزتھ لوٚگ سڑکہٕ ہُند سوٚت سوٚت گاش وُچھنہٕ تہٕ یہ کٔٹھی ژونگر اوُسُس وأنا کھ ہُو باسان تمی اوسنہٕ از صُبحہ پیٚٹھ کینٛہی کھیُمت ۔ بیہٕ اکہ لٹہٕ تر آوِن یمن درخاسن انٹروِ لیٚٹرن تہٕ

سفارشہِ چھٹێن کن نظراہ۔

''گوہے چھ میٚانہِ اکہِ ۇری تێچ کمأے۔ییہ کیٛاہ چُھم امہِ علاو؟ اوو۔ ناوومیدی، ناکأمی، پس حوصلہٕ تہٕ چُھم۔ییٚہ چھم تمن سوالن ہندی جواب تہِ یمن ہنٛدِ باپتھ خدازانہِ کأژاہ رأژ چھم وہٕنٛدُر کرٕۍ کُری ڈأ کی گمژٕ''۔

ازاوس تمس یتھ کرٚتھِس سوالس جواب حأصل گومُت زِ یتکی جوان کیازِ چھ پرٕ مُلکن ژلان۔تمہٕ کیازِ چھ پانس تہٕ سماجس بُتھی پھری گژھان۔ازتوٚ رُس فکر زِ نیکسلائیٹ، اُگروأدی تہٕ بندوق بردار بنہٕ نُک اصل وجہ کیٛاہ چُھ؟ ہرگاہ تمس روزگار پاتھیامُت آسہے یمن سوالن کتہٕ آسِہس جواب لوٚبمُت۔

## میٛانہٕ بێیہٕ کٕنٛہہ کتابہٕ

(۱)۔ قاضی حمید حیات تہٕ شأعری

(۲)۔ عرفانِ احمد ( کلام تہٕ حیاتِ غلام احمد شاہ کوٗٹھس )

(۳)۔ انوارِ احمد ( کلام تہٕ حیاتِ غلام احمد شاہ کوٗٹھس )

(۴)۔ اِحساسہٕ موٗل (ترجمہ ارزشِ احساسات ۔ فارسی )

(۵)۔ دُردانہٕ لولکۍ (حیات تہٕ کلام احد کھار ۔ سوپور)

(۶)۔ مَشال (ترجمہ ۔ اِن کمیُونَین وِد کانشس نٕس ۔ انگریزی )

(۷)۔ لٕہلاو ( کأشُر مجموعۂ شعر )

(۸)۔ دشتِ شب (اردو ۔ مجموعۂ شعر )

(۹)۔ زادِ راہ ( مجموعۂ حمد و نعت اردو )

(۱۰)۔ زادِ سفر ( مجموعۂ حمد و نعت ۔ کأشُر )

(۱۱)۔ اکھ خاب اکھ تصویر (ترجمہ از ہندی ) ساہتیہ اکیڈمی انعام یافتہ

(۱۲)۔ شفق ( مجموعۂ کلام ۔ کشمیری )

(۱۳)۔ کانٹے اور پھول (برائے ایس ۔ آر ۔ سی کشمیر یونیورسٹی ۔ اردو)

(۱۴)۔ دیئے سے دِیا جلے (برائے ایس ۔ آر ۔ سی کشمیر یونیورسٹی ۔ اردو)

(۱۵)۔ ژینہٕ وَن (ترجمہ ہندنامہ۔فارسی)

(۱۶)۔ مےٚ پھوٚ رپٕنۍ آسُن (جدید نظمن ہُنٛد ترجمہ) زیرطباعت

(۱۷)۔ دیارِ نبیؐ (مختصر تاریخ مدینہ کشمیری)

(۱۸)۔ گُل سوٚنتکۍ (بچن ہندِ باپتھ کشمیری)

(۱۹)۔ متاعِ درد (اردچ مجموعۂ شعر) زیرطباعت

(۲۰)۔ داغ داغ بدن (کشمیری مجموعۂ شعر) زیرطباعت

(۲۱)۔ باوِر (کیٚنژن افسانن ہندی ترجمہ) زیرطباعت

(۲۲)۔ اندر کا درد (اردو ترجمہ سانٛجھے اتھرُ وافسانے) زیرطباعت

